مہربان آسیہ،" شہزادٕ آندرے بن وۄن پریشان گژِتھ۔ "یہٕ چھُس مانان زِ یِچھہِ منٛزٕ چھ اَکھ کیٚسا مُشکِل پیوان۔ مگر یہٕ چھُ تٔمی سُند شوق تہٕ میٚون تہٕ۔ تٔمِس چھُ خبر کیا کیا وَنہٕ آمُت۔ تٔمِس چھُ خاب وُچھمُت تہٕ سو چھےٚ کھوژمژ۔"

"ہاں، ہاں،" مٔری دیاہٕ مِی شہزادَن گِینگرہ وو پایہٕ ہِسے سیٚتی تہٕ پننی لیکھنچ کأم روٗد کران۔ "اَدٕ ساتی کرو۔" تٔمی کوٚر چِٹھہِ تہٕ دستخط، بھیوٗر ہکہٕ نیٚچوِس کُن تہٕ اوٚسُن۔

"وٗلِتہٕ کأمہ چھےٚ یہٕ تہٕ۔"

"کیا چھےٚ وٗلِتہٕ کأم، پاپا!"

"آسِنہ!" مٔری دیاہٕ مِی شہزادَن وۄن ژھوٗٹی پأٹھۍ تہٕ مانے دار پأٹھۍ۔"

"ہےٚ تۄرہٕ نکرِ،" شہزادٕ آندرے بن وۄن۔

"مگر اَتھ تہٕ بچار۔" مٔری دیادُم شہزادٕ گو وَنان۔ "یہٕ چھےٚ پٔژھے کتھا۔ اِنسان ہیٚکہِ نہٕ دُیاہٕ انہور بٔنِتھ۔ کھوژہ یہٕ وَنہٕ کأنسہِ کیٚنہٕ۔ مگر ژےٚ چھےٚ پانس خبر۔"

"تٔمی روٗٹ ژھوچھ، زأوی جو تہٕ ہو چھ منٛزٕ او نِگجو تٔمِس اَتھہٕ دسپوٚسہٕ کٔرنس۔ ہشار اَچھو نژاَو نٔس بُتھِس کُن نظرا سو نظر بوسہٕ پٔژھ کأنسہِ اَندریُم پےٚ کدِٹھ تھٔو آسِس اَنان تہٕ کوٚرن سیٚزواشُن۔ نیٚچوِ ترٛوو وٕشش تہٕ اَمہِ نلہٕ ہو ولن زِیول چھ تٔمِس سمجان۔

مٔری دیادُم شہزادٕ اوس وۄنہٕ عادتہٕ مو جُوب وُژھہِ وُژھہِ چھِٹھہِ تاہ کران تہٕ موہر کران۔ تٔمی دِژ لاچھ، موہرہٕ تہٕ کاکذ یتھر دٲنہِ تھٔو۔

"اَکھ تہٕ بیٚیہ چار۔ سوٚ چھےٚ مٲری مُنز۔ یہِ کرِ سوٗرُے کیٚنہہ۔ ژٕ روز
بےٚ فکر۔" تٔمی وۄن چیٹھ سۄ ہرکران جذباتی آوازِ منٛز۔

آندرِ سے بیٚن کٔرٕ نہٕ کینٛہہ۔ تس آس اَمہِ خیالہٕ سِتی خوٗشی تہٕ
گرٕ ھان تہٕ عذاب تہٕ۔ زِ تٔمی سُند مول چھُ تٔمِس سمجھان۔ مٔری دیٚبا دُم وۄنھ
تہٕ ذٕژن یہِ چیٹھ نیٚچوٗس اَکھ۔

"بوز آشنہِ ہشُر فکرِ مہ ہیٚے۔ یہِ کیٚنہہ ھاسی کٔرِ تھ ہیٚکو نہٕ کرِو۔
بوزوٗ۔ یہِ چیٹھ دِ مھیل الاریو نو وِ ھیس۔ اَمِس چھےٚ ہیٚے لیو کھمٹ۔
زِ ہیٚمِس گرٕ ھِ جان کام ہیٚنیٚ تہٕ زیادٕ کاسِس گرٕ ھِ تہٕ ایڈجوسٹنٹ تھاوُن۔
سوٚ چھےٚ فضوٗل کام۔ تٔمِس گرٕ ھِ وُنٛ زِ سہ چھُ ہیٚے یاد تہٕ ٹوٹھ۔
ہیٚے لیکھی زِ سہ کیا سوٚ لوٗک کرِ ژٕ سے سِتی۔ اگر جان پوٗک نیٚبلہِ
گرٕ ھِس خدمت کرِ نی۔ نکولائے آندرِ پوٚیج بالکانسکی یِس چھیٚ نہٕ ضوٗرور تھ
زِ سہ ہیٚبر کأتسہِ ہشُر مِنتھ۔ اچھا ولہِ وۄنی یوٚری۔" سہ اوس
نیٚو تا تیٚز بولان زِ کاتھ کنھاعس تہٕ پوٚرِ گرٕھان مگر تٔمِ سِندس
نیٚچوٗس اَمس ییمہِ کتھہِ بوزنس ہال۔ تٔمی نیٚو سہ لیکھنہٕ کِس میزِس نِشن
میزرک اکھ دراز کھولِن۔ تہٕ اَمہِ منٛز کۄڈُن گوٚن گوٚن دیوٚتھ ویوٚتھ
پیٚنسِ اَکھ لیو کھمت اکھ قلمی نو سخہ۔

"ہیٚے چھُ یقین زِ یہِ مرٕ ژٕ سے بِرو نیٚھے۔ رٔٹھ ہیم گیٚے میٚنیاتی تحریر۔
ہیم گرٕ ھن۔ مینیاتہِ مرنہ پتہٕ شہنشاہس دِنی۔ یہ وچھ یہ چھےٚ
اَکھ تنگ نوٹھ تہٕ اَکھ خط۔ یہ چھُ تٔمی سِندِ خاطرِ یتامہِ یُس
سورۄف سِند بیٚن جنگن ہشُر تواریخ لیکھِ۔ یہ گرٕ ھ مہ اکادمی سوٚزنی
تہٕ یتھ خطس منٛز چھِ میناتی کیٚنہہ خیال لیکھِت۔ ییمہِ گرٕ ھن پیٚرِ نی

ژٕ وُچھکھ ہیم چھہٕ فائیدٕ مند۔"

آندرے یَن وۄن نہٕ مٲرِس ژٕ سٕہ روزِ شاید وارِیاہَس کالس زِندٕ۔
تٔمِس آس خبر زِ یہِ وٕنہٕ ہیچھ چھہِنہٕ ضوٗر وٕر بُھچھے۔

"پاپا! یہ کُرہٕ یہِ سورُ شے۔"

"اَدٕ ساٗ، الوِدا!" تٔمی پلِہٕ نوو نیٖنچوِس بوسہٕ دِنہٕ خاطرٕ اَکھٕ ٹٕہ تہٕ
کوٚرنس نالہٕ موٚت۔" شہزاد آندرے اَکھ کتھ کھاو یاد۔ اَگر ژٕ
مَرکھ مےٚ گژھہِ یِتھ بچَس مُتعلق قیامتھ۔" تٔمی کُر بکدم ژھوپہٕ تہٕ
فوٗرَن دِژن چکھ ہش۔ "مگر یوٚدوے مےٚ بوز ژٕ ژےٚ چھےٚ نہٕ تی
ورتاو مُت یہِ نِکولاے بالکانسکی سٕندِس نیٖنچوِس پیٹھ۔ یہ گژھہِ شرمندٕ۔"

"پاپا۔ تُہہ آسِو نہٕ یہِ وٕنہٕ ہیچھ ضوٗر وٕر بچھے۔"

مَرِی دیا وِمی دیُت نہٕ جواب۔

"بیشک کتھ نہٕ آسِم وَنٕنۍ" شہزادٕ آندرے یَن تھاوکتھ جارۍ
"اگر یہِ موُدس نہٕ اَگر مےٚ نیٖنچو زاو۔ سُہ نٔژاوِزِن تہٕ یَینہٕ اَکھٕ تلہٕ۔
یہِ زٕن مےٚ یوٚتہٕ وۄنہٕ مے۔ تٔمِس دِی ژٕ میٖہربانی کرِتھ پانہٕ سےٚ
نش پرٕ ژھنہٕ۔"

"جانہٕ آسنہٕ اَکھٕ دِمَن نہٕ۔" مَرِی دیا وِمی وۄن تبسم کرِتھ
تمم آسی اکھ اَکِس کُن بُتھ کرِتھ وو دِنہٕ۔ مَرِی دیا وِمی سٕنٛز
تیز اچھ آسہٕ نیٖنچوِ رِ سٕنزَن اَچھَن کُن مُدے گٔنڈتھ نہٕ تٔمِس آس
زنگٔن نِتھ نٔٹھ۔

"اَسہٕ چھ الوِداع چھُ کوٚرمُت۔ بڑٕ ووٕزٕ۔" تٔمی وۄن ہانگہٕ تہٕ
منگہٕ۔ ہیر ووٕزٕ۔" تٔمی دِژ شرارتہٕ ہوٚت کرِتھ تہٕ مُژٕر وۄن دروازٕ

"یہ کیاہ — کیاہ ذلیل چھِے۔" دوہ شوٗ یوٗ شہزادیوٗ بِرٕ ژھ۔ بیبلہ نِمو

شہزادٕ آندرسے وُچھ تہٕ ژلہ وُنۍ کوٗڈ کھ مٕری ڈیاوُم شہزادٕ دروازٕ

کھڑٕ پیٚہ کِنی نظر۔ سہٕ اوس سفید گوٗن لاگِتھ۔ عاۓنکھ لاگِتھ تہٕ مٕس سِلکہ

ورآسے، تہٕ ژکھ ہوٗت کتہٕ کرٕ دِوان۔

شہزادٕ آندرسے یِن ترٛوو دوٗش تہٕ جواب وُنن پہٕ کیٚنہہ۔

"ولہٕ نتیبلہٕ"، تٔمۍ ووٚن آشنٕ کُن بھیبرِ کھ تہٕ اَنِتھ "نتیبلہٕ"، لفظس

مٔنز اوس بے غرض ٹھٹھہٕ ہیوٗ زنتہٕ ونان اوس "کرٕ تہٕ ترٕ تہٕ فضول

رسم پورٕ۔"

"آندرسے۔ دٔر اکھ نتیبلہٕ۔" یوٚہے شہزادٕ ووٚن اینڈرسے ہیتہٕ نِتھ

مویوس گژھتھ ہنٛز پرنس کُن۔

تٔمۍ ژٕٹ سوٗ نالہ منٛز۔ تمہٕ دِژ چِھ تہٕ آیہٕ اَمی سٔنٛز گرٕ دِتی بیٹھ

زنتہٕ ژوٗ سینتھ۔

تٔمۍ سوٗ کلوو ایٚحتیاطہٕ سان سُہ پھوٗک ییٚتھ عٔنہ سٔنی سوٗ آسس۔

بُنھس کُن دِژ نس نظر تہٕ ترٛاوُن اَکس پٔس گرٕ سہٕ بیٹھ۔

"ماشاء! الوداع" تٔمۍ ووٚن نرمی سان بٔبنہٕ کُن۔ تہٕ بارٕ نیٚبو کٔرِ کھ اکھ

اَکس ہیٚٹھی۔ اَمہٕ بینہٕ دِرٛاو سُہ وُزِھ وُژھ کٔمرٕ مٔنز نیٚبر۔

یوٚکٕ شہزادٕ آسی آرام کُرسی بیٹھ بیہِتھ۔ بورین آس تٔمس کُن

پھش پھش دِوان۔ شہزادی مٕری یاٰس یِئسہٕ کاکِنہٕ ڈکھ دِنھ۔ اشیٚ برژو

نوٗبصوٗرتھ اَچھو آسہٕ تٔمس تھٔۍ دروازس کُن نظر یٔنہ کِنی۔ تٔمۍ سُند

بوے دِرٛا مُت اوس۔ اوٚکُن کوٗر تمہٕ اِشارٕ عٔنی کتھ آسی پیٚرن کٔمرس

مٔنز اوس مٕری ڈیاوُم شہزادٕ شرارتہٕ ہوٗت کیاہ تام کرٕ کٕرٕ دِوان تہٕ

سو آس بیمہٕ آوازٕ بوزان۔ یتھ ستی آس تٔمی سٕندِ نس صاف کرٕنچ تہٕ آواز یِوان۔

"اَوٕ دڑاوٕ، ٹھیکھ گو، جان گو،" تٔمی وٕوٕن شرارتہٕ سان تحابلہٕ زد نوشتہٕ کُن وُچھان۔ تَمہٕ زسان گٔلہٕ وٕن کلہٕ تہٕ کوٚڑُن برٕ یَند۔

# ب

## ۱

سنہٕ ۱۸۰۵ اژک اکتوبرٕن رہتہٕ اوس۔ رٗوسی فوج اوس
آسٹریاکین شہرن تہٕ گامن منٛز ڈیرٕ دِتھ۔ نٔوِ نٔوِ رجمنٹہٕ آسہٕ
رٗوسہٕ پیٹھٕ واتان تہٕ برانا وُ قلعس نٔزدیکی بسکینن پیٹھ لاگتھ بنان۔
ییم آسہٕ ییتھ پٔٹھ گرن منٛز تھاونہٕ یوان۔ برانا وُ اوس کمانڈرن
چیف کٹوزوف سُند ہیڈکوارٹر۔

کٔچھ مہٕ اکتوبر سنہٕ ۱۸۰۵ آس ... فوجِچ اکھ رجمنٹ برانا و
مٔربہٕ دٔور اڈٕ میلہٕ ڈیرٕ دِتھ۔ ییم آسہٕ برانان زٕ کمانڈرن چیف
بہٕ تہٕ کرِ اتھ مایبہٕ۔ بہٕ لشکرس آسہٕ انین تہٕ ترٛیشہٕ چھے رٗوسی باسان یژھ
بہٕ خۄد رٗوسہٕ کس کُنہٕ حصس منٛز باسہٕ ہے۔ نتہٕ زن اوس تہٕ انیک
اڈ ندیوک رٗوسی انہار۔ (میوٕ باغ، کینہٕ دِوہ سبہٕ، ٹالہٕ دار پیش، دٔور
دٔور بال، تہٕ بیرٕ ملکی گرٕ ہیسی ہمہٕ ہے ولاگتھتی رٗوسی سبہٕ ہٕن وچھان
آسہٕ)۔ دٔہ ہک سفر کٔرِتھ آس شامنس شیٛیچھ واتٕتھ زٕ کمانڈرن
چیف کرِ مارچ کرُوتھہٕ رجمنٹس مایبہٕ۔

رجمنٹہٕ کس کمانڈر، جنرلس اوس نہٕ حکم صاف یا کُھٹی فکرِ تران
زِ امیک مطلب گوا مارچ کران کینہٕ نہٕ۔ اکھ پیٹھ آو
میجرن ہُنٛز ہِٹنگہٕ منٛز فٲصلہٕ کرنہٕ زِ رجمنٹ کرون پریڈ کران
کران پیش۔ دپان پونہٕ نے خبر آسہٕ یونا چھُ نمن تبلہٕ گرٕ ھے جد کھوت تہٕ
زیادے نمرن۔ بیتہٕ ہیہ میل سفر کٔرِتھ آس تہٕ جوانو اچھ پیٹھ اچھ

کرٕہٕس۔ راتھ آیہٕ کھ چھپلان چھو کان تہٕ شیران سمبالان گژھان۔ ایڈجوٹنٹ
تہٕ افسر آسی حساب کران رۄدی کرٕتہٕ۔ راتھ بیہٕ سے ریجمنٹ اکھ وٕنتہٕ
کھوچرٕ لگہٕ ارٕ ساتھ آس بوزنہٕ یوان زِ آس سوے لگنہ دۄن ساسن
ہنٛز اکھ تنظیم بنیمٕژ۔ اُکس اُکس آس پننی کام خبر۔ اکھ اکھ بٹن تہٕ
اکھ اکھ ہیچ اوس پننہٕ پننہٕ جایہٕ شولہٕ ماران۔ ہنبری کینی یوت آس تہٕ
صفائی۔ اگر زن کمانڈرن چیف وردی تل تہٕ وچھن یژھہ سے۔
تہٕ وچھہٕ ہے پژھ کوٹس تل صاف قمیض تہٕ پژھ کھٹیاں منٛز صوٗنہٕرٕنگ
پھتہٕ کانہہ چیز۔ اگر چیز اوس ناکارٕ سہ گو کھوریاہٕ۔ تہٕ ہنٛد
کھو تہٕ زیادٕ جوان آسی یوٹن گدی۔ یہٕ تمی آس تہٕ کمانڈرٕ سنٛز
غلطی کیہٕ۔ نہٕ کیاز تمی آسی بھری بھری منٛگہِ ہتی۔ مگر آسٹریا کیو جاکموٗ آسی
نہٕ بوٹ سوزی ہتی تہٕ رجمنٹ آس ونستام میلہٕ ساسا، ہیچ ہنز۔
رجمنٹ کمانڈر اوس زِندٕ دِل اڈٕ ورجرنال۔ دارِ گونژٕ جینیومت،
بجہٕ بجہٕ گنہٕ بُمہٕ تہٕ شانو کھو تہٕ کھلہٕ چھاتی تہٕ کمبر کرتھ۔ اُمس اُس ہنٛزِ
نلہٕ چی وردی لاگتھ، یتھ وٕنہٕ نہن ہنٛز جایہٕ پھچہٕ آسہٕ۔ سو نہٕ سنٛدی
ستار آسن پھٹکین ہیٹھ زنتہٕ وہ وہٕ۔ جرنالس اوس دِل باسان
ونجہٕ۔ یتھہٕ کنہٕ تمس شہرس آسان چھ یتیم زندگی ہنٛد کانہہ خاص
نرض پانہٕ کوٗرمت آسہٕ۔ سہ اوس لایہٕ برٕو نٹھ کنہٕ گش کران۔ پژھتھ
قدمس پیٹھہٕ اوس کمبرس ہیٹھ ہِشِس دِوان تہٕ آمہٕ سیتی اوس تمان
ہیوٗہ باسان۔ صاف اوس فکرِ نتران زِ جرنالن چھ رجمنٹ وُچھنہ
خوش تہٕ تمی سنٛد سورُے دماغ اوس یمہٕ نے راین منٛزٕ ڈلتھ مگر
توتہٕ آسی تمی سنٛز تٹھ تہٕ ہیٹھ ہاوان زِ فوجی شوقہٕ الاوٕ چھ تمس

اَکھ گۄرم دِل یُس سماجی زندگی تہٕ زنانن منٛز کشش موٚجوٗس کران چھُ

"مہلی میسٹرنج!" تٔمۍ دٕژ اُیس میجرس کتھ یُس اوس خوش یا ٹھی

آسان آسان ہرو نہٕ کُن آو۔

رٲتی راتس رۄود اسی آوری۔ میٲنۍ جھُ باسان دوہ نہٕ چلہِ۔ کینٹرو

رجمینٹو کھنہ نہٕ چھینۍ جان"۔ میجرس نوٗر بہٕ خوش مزاج ہرل فکرِ۔ تِمس آو

اَسُن۔ ترٛیشن ماداہ کینٛہ لا فوٗجی آیینٕ منٛز نہٕ ہیرِ بہٕ سرس۔

"جناب ٹھیکھ چھُ۔" کمانڈرن دوٚپ۔

سرِ شروٗ تہٕ، بیپارِ سنٛتری نظرٕ آسی، آے گرٕ سوار جوراوزنہٕ۔ ہم

آسی اوری کُن بچان۔ یہ اوس اکھ ایڈجوٹنٹ تہٕ بیتہٕ پیتہٕ اوس بیٛا اکھ نفر۔

ایڈجوٹنٹ اوس کمانڈرن جیفن سٕہ ہاتھ ہیتھ سوزمُت یُس

راتہٕ کیس حکمس منٛز وارٕ فکرِ نتریو یہٕ۔ کمانڈرن جیف اوس ہیرھان رجمینٹ

تِہنٛز شکلِ منٛزٕ چھینٛ ہیتھ منٛز سو راتھ اور واتہٕ آے۔ بلکُل کُنہِ تیاری

ورٲے۔ اُور کوٹھ لاگتھ تہٕ سامانہٕ نکھس کینتھ ہینتھ۔

اَمہِ کالہٕ اوس دِپتا بیٹھہٕ ہافس گرہ بگس را تھک اکھ نمایندٕ کٹوزوفس

نِش آمُت۔ تٔمۍ اوس اُمس وٚنمت زِ ژہٕ رلاوُن پنٕنۍ فوج فورن فردی نند

تہٕ ماک سینٛدس فوجس سیتی۔ کٹوزوفس اوس نہٕ یہ رل وٚنیمت۔ تٔمۍ

اوس پننی راے ٹھیکھ ثابت کرنہٕ خاطرٕ باقی کتھو علاوٕ اکھ منصوبہٕ یہ تہٕ

ہِو وٚمُت۔ زِ سہ ہاوِ پنٕنۍ فوج آسٹریاکین جرنیلن خراب حالتس منٛز۔

اَمہِ کنہِ اوس تٔمۍ رٔد سہٕ بیٹھہٕ واتہٕ مژ۔ رجمینٹ مایتہٕ کرِ تک فاصلہ کوٚرمُت۔

رجمینٹ ہیز خراب حالہٕ آسہِ ہے تیوٚت اوس سہٕ خوش۔

ایڈجوٹنٹس اَس نہٕ یہِ خبر۔ مگر تٔمۍ اوس نوٗنہِ کمانڈرس فکرِ نوٚرمُت زِ

کمانڈرن چیف چھُ پژھان رجمینٹہٕ اور کوٹھ لاگِتھ بِلکُل سفرکِس حالس منٛز وُچھِتھ۔ نتہٕ گژھہِ کمانڈرن چیف ناراض۔

یہ بوزِتھ گوٚو جرنالس کلہٕ الوند، شانَن دِژِن دِنہٕ نتہٕ پریشان گژھتھ دِژِن تِمَو ہیوٚرکُن دار کتھ۔

"اسہٕ اوٚن ساری سیٚہ شکس تُلِتھ نیمہ وُن پھلی میٹر جیپ" ستے وتیوست "مارچ کرہٕ وُن" مانے گو اور کوٹھ لاگِ تھے۔ مبادا نعرہ دایہ" یہ وُنتھ یوٚک سیٚہ پژوٚنٹھ کُن نتہٕ دِتُن حکم۔ "کمپنی کمانڈروا!" تِمہٕ بیتہٕ چھیوٚر سہ اڈجوٹنٹس کُن تہٕ پژھہِ نس پژہ نہٕ سان، یُس پژِتھ اُسُس ہاوِتھ اصلی کمانڈرن چیفس اوس ہاوان" کیا ساعالی جناب چھا جلدیے واتن والی؟"

"سیٚہ چھُ خیال گنٹس کھنڈس تام۔"

"اسہٕ چھا پلو بدلاونٕچ فرصتھ؟"

"جرنال! یہ ہیکہٕ نہٕ وُنتھ......"

جرنال نژاو پانہٕ فوجس منٛز نہٕ دِتُن حکم زِ ساری بیہن اور کوٹھ لاگِتھ۔ کپتان لگی بیہہ نیوکمپنی یو منٛزی دوٚد دور کرہ نہٕ۔ سارجینٹ لگو اوہ یور ووہ تھ ژھانٹھ کرہ نہٕ۔ اوُر کوٹھ آسی نہٕ رہ نہٕ حالہٕ۔ اوٚنانی بیہہ فوجی تنظیمہٕ سان ژھوبہ دم کرِتھ آسی۔ تِمَن گیبہ چھاہِ چھانگرِ تہٕ لگی کنھن کُن۔ جوان لگی پژِتھ اندہٕ بیتھ پژوٚنٹھ دورہ نہٕ، ساری آسی بیتھ کُن نمان نہٕ کلہٕ کینہ سامانہٕ کھیلہ کڈان اوُرکوٹھ تُلان نہٕ نالی نژاونہٕ خاطرٕ تربین واشش کڈان۔

اُڈی سیٚہ گنٹس منٛز اوس آدی پاٹھی سوٚرسے ڈیٚچھہِ۔ صرف آس فرق یہ زِ اَڈی آسی بیہہ فوجی وَنڈ کرہ سنی پوان بوزنہٕ نہٕ ووہ زِ آسی اوُرکوٹھ لاگِتھ سوٚری۔ جرنال آو بیٹھہٕ لاٹن پژوٚنٹھ کُن نہٕ ہیٹھ دِتھ ہیوٚتُن دوری

پُہن مایہٕ کرُن۔

"یہِ کیا سا ئے چھِو کران! ہے یہِ کیا؟" قدم ٹھہراوِتھ دُپ تٔمۍ ترٛیٚمہِ کمپنی
ہٕندِس کپتانس کُن کٔرِتھ۔

"جرنیٚل چھُہ ژھانڈان ترٛیٚمہِ کمپنی ہٕندِس کپتان .... ترٛیٚیمہِ کمپنی ہٕندِس
کپتانس جرنیٚل ژھانڈان۔" یہِ کٔرِتھ آیہِ ساری سپاہی فوجس منٛز وہراونہٕ۔ اکھ
ایڈجوٹنٹ دوریوو اَمِس زٕ یہِ افسرس ژھانڈنہِ۔ آواز بییہِ ترٛیٚمہِ
کمپنی نام وٲژ یہِ افسر دٔراو پننہِ کمپنی ہٕنٛز کیٚنٛہہ تیاری تانی نوٚن۔ سُہ اوس
وٲنسہِ آمُت، دوٚ تلیٚنج اَسس ہٕنز ہٲلے۔ وُزھہِ وُژھہِ پوٚک سُہ
جرنیٲلس کُن۔ بوٚڈ کیپٹن ٹیٹنڈن بیٹھ آسی تٔمِس زنتہٕ گیرِی دِکہِ یوان۔
کپتانہٕ سندِس مُنھس بیٹھ اَس تٔمِس مدرسس شُری سنٛز ژھٔرِ یہٕ ژھٔرِ
نُبس موٚکھمُت سبق یوٚزناوِ نہٕ خاطرٕ اَنہٕ آسہِ آمُت۔ تٔمۍ سنٛزِ دوٚہ زِچہِ
نِستہٕ دژا یہِ رنٛگہِ چھِھٹہ بیٚمہِ نلہٕ تٔمۍ سُند سنٛخ شرٲبی آسُن ننان۔
اوس۔ تٔمِس اوس یہٕ مزاز ڈٔنجہِ نٕھاوُن تگان۔ کپتان آو شانشہِ
ہوٚت دوران تہٕ جرنیٲلس نِش وٲتِتھ کوٚرُن توٚت۔ جرنیٲل اوس
اَمِس ہیٚبرِ بوٚن نظر کران۔

"ژٕ سے چھِیہِ پننہِ جوان یوٚژ دِ ناوِنہِ یہِ کیا گو؟" جرنیٲلن دُپ کٔرِتھ۔
تٔمۍ کوٚر ترٛیٚمہِ کمپنی ہٕندِس اَکِس جوانس کُن اِشارٕ یٚمِس بدل رنٛگہِ اُدر کوٹھ
لٲگِتھ اوس۔ "ژٕ کتہِ اوسُکھ پانہٕ۔ کمانڈرن چیف چھُ واتَن دول تہٕ
ژٕ چھُہس غٲب۔ ہنہ۔ یہٕ نا یہِ فکرِ پننی جوان کِتھہٕ کنی گژھن مایہٕ وزِ
وردی لاگِہ ناوِنہِ۔"

کپتانَن تجرٕ یہٕ کمانڈرس کُن اُچھ تہٕ۔ فقط اوس سُہ دِوان اوٚنگجہ ستی

پَننہٕ ٹوپہٕ ہِشۍ نال سیٖنہٕ راوان۔ زَنتہٕ بچاوٕ چ یِہاٰے اَکھ صوٗرَتھ آسہٕ۔

"کیاسا ژٕ کوٚہٕ کتھ کران؟" یہ کٔمِس چھُ ہنگٔری والین ہُند ہیوٗہ پوشاک لاگِتھ؟" جرنالن کوٚر زٕٹہٕ وٕن ۂرِل۔

"عاٰلی جناب!"

"کیا۔ کیا۔ عاٰلی جناب۔ عاٰلی جناب۔ عاٰلی جناب، نتہٕ کیا مانے گو۔ خبرٕ ے چھوٕ نہٕ کینٛہہ۔"

"جناب عاٰلی! یہ چھُ ڈولوہاف۔ سُہ افسر یٖمِس عوٚہدٕ والیتہٕ آمُت چھُ۔" کپتانن ووٚن نرمی سان۔

"یہ چھاعوٚہدٕ وآلِتھ فیلڈ مارشل بناونہٕ آمُت کِنہٕ سِپاہ۔ اگر یہ سِپاہ چھُ، تیٚلہِ گژھہِ اَمِس عام سِپاہیَن ہِشۍ وردی لاگِتھ آسٕنۍ۔"

"عاٰلی جناب توٚہیہِ دِژاٰوٕ مارچ کرَن دِژاَمِس یا نہٕ یہ رعایتھ۔"

"رِعایتھ دِژمسہٕ، کٔمِس۔ توٚہی جوان چِھوٕ ہمیشہ بیٚچِھی" جرنالن ووٚنُھ ہتامَدٕ وسِتھ۔ "رعایتھ دِژمس۔ ڈیہ چھےٚ آسان کتھ کرنے..........۔" تٔمی ووٚن دُبارٕ ژکھ کھالِتھ۔ "مہربٲنی آسس کران جوانن آس شوٗبہِ دار پاٹھی وردی لاگہٕ ناوان۔"

جرنال ڈژاوَاڈ جونٹس کُن نظر دِتھ تہٕ نٔنی لد ہیٚٹھ دِتھ پوٚک رجمینٹہِ کُن۔ نوٚن اوس زِسہٕ اوس یینہٕ نِس ژکھ باوٕ نِس یانہٕ خوش۔ تہٕ رجمینٹہٕ کُن ڈیکِتھ اوس شرارتھ کڈٕ نک حیلہٕ ژھانڈان۔

اَکِس افسرس یاَلشہٕ ور آے سِتار لاگنہٕ یانِتھ۔ بیٚیس افسرس ہیچ لاٰن کرنہٕ یانِتھ بیعزتی کران ووٚت سُہ نتہٕ بیٚیمہٕ کمپنی نِشِس۔

"یہ کِتھا کٔنی چھکھہٕ ہیوٚ زنگ کِتوٚ چھےٚ۔ ہتوٚ، ژیے کیتہٕ ڈیچھے

زٕنٛگ ۔" جبرنال اوس ژکھِ ہۄت ووبیوٚمُت تہٕ ٹھُہرِیو بلوٗ زٕنگہٕ
کوٹھہٕ وٲرِس ڈولوہوفس نِشہِ دُوٚرٕ یِہَن رٕوٚدٕ ۔ مَنٛزٕ آسو وُنہٕ نفر
پوٚنٛشہِ ۔ ڈولوہوف لوٚگ لوٚت لوٚت زٕنگہٕ سیٛنزرٕ اوسٕ نہٕ لوٚگ چمکدار
تہٕ رہ یہِ گرداں ۔ اَچھو جبرنالس بُتھہِ بُتھہِ وُچھنہٕ ۔

ژٕ کٲبازِ بلوٗ کوٹھ لاگِتھ ۔ ژٕھن یہِ کَڈِتھ ۔ ہے سارجنٹ ٲمِس
ژٕھن یہِ کوٹھ کڈِتھ ...... یہِ گٕنٛشد ....." تٔمِس آو لفظ پوٗرٕ کرنک موقعے"

"جبرنال یہِ چھُس حُکم ماننہٕ خٲطرٕ مجبوٗر ۔ مگر لکہٕ کھیٛنہٕ خٲطرٕ نہٕ ۔"
ڈولوہوفَن وۄن جل جل ۔

"کلام کر بند ۔ سپاہَن مَنٛزٕ مہ کر بکواسس ۔"

"بہٕ چھُس نہٕ مجبوٗر بیعزتی ژالنہٕ خٲطرٕ ۔" ڈولوہوفن وۄن بڈٕ ہٹہٕ
صاف صاف ۔ سپاہ منٛز تہٕ جبرنالہٕ منٛز اُچھِہ ری یہِ ۔ جبرنالن
کرٕ ژھوہ یہِ نہٕ ژکھِ سان سکارف مُژراوان ووٚنُن ۔

"کوٹھ ژھن کڈِتھ اگر میون مانکھ ۔" تٔمی وۄن سیراں سیراں ۔

# ۲

"آو" سنتری ژِرکھ۔ جرنیل ووٚتھ شلوتہٕ دورِ یو بیٚنہٕ نِس گرِس

گژھُن۔ تمِ لِد اکھو کیٚن اِکابس کھٔنچھ تہٕ ژھٕہنِ ووٚٹھ۔ زہنس بیٚٹھ

سمبولن پان، تلوار کڈٕن، خوشی تہٕ محکم بٔنتھ مُژرِ رووُن آس تہٕ

رٕود حکُم دِنہٕ خاطرٕ تیار۔ رجمینٹٕہ منٛز گوڈِ گرٕ زٕ تنہٕ جانور اوس پکھن

داشِش کڈان تہٕ یکدم رٕودی سارِے ژھوبہٕ دَم کٔرِتھ استاد۔

"ژھو... و... ب"، جرنیل گرٕزیو۔ امی سنتر آوازِ منٛز اوس

اکھ دبدبہٕ دٔی۔ تہٕ بہٕ آواز آس پانس بیٹھ خوشی، رجمینٹٕ بیٹھ سختی

تہٕ بینہٕ وائی سندِ خاطرٕ خوش آمدید ظاہر کران۔

اکھ تقریباً وہناے گیٚی آس بینہٕ تہٕ سپیٚرنگن بیٹھ کھٹ کھٹ

کران کھلِ ناہموار سڑکہ تیز تیز لمان۔ بگہِ آسی وار باگرٕی لاگیتھ تہٕ

سڑکہِ آسی دوٚ شوے اندو گُلی۔ جرنیل سندی خدمتھ گار۔ تہٕ

کٹہوُس ذاتی نِشد باڈی گارڈ دورے بگہِ بیتہٕ۔ کٹو، زوفس سٕتی

اوس آسٹریا ہک اکھ جرنیل سفید وردی لاگیتھ۔ یہ وردی آس کٹہ ہنٛین

رٕوسی وردِین منٛز عجیب باسان۔ بگی واتٕ ژ رجمینٹ نِش تہٕ ٹھہرے بہٕ۔

کٹو زوف تہٕ آسٹریا ہک جرنیل آسی کیا تام لوٚت لوٚت کتھہٕ

کران۔ گوڈِی گوڈِی قدم تُلان کوٚر کٹو زوفن سومۆلی ڈ ٹھہٕ کمجار۔ بگہِ

ہندِس پایدانس بیٹھ تھوٚوُن کھور۔ بلکل تنخہٕ کتی زِ تہٕ بیم لُکٕہ زِ ساس

گُنہٕ آسی تہٕ بیم تِمس تہٕ تِمی سندِس جرنالس مُدّے گنڈِتھ آسی۔

حُکمکی لفظ گرٕزے۔ بٹینہ گیہ ساری بے رجمینٹٕ دٔن بیٹہ تیمو

لۄنڈ ۄفو سۭتۍ سلأمی دِژ ۔ قبرستانہٕ جیہِ اَکھ ژھوپہٕ مٔنز آسہٕ صرف
کمانڈرن چیفنہٕ سُنز آواز کنن گژھان ۔ رجمینٹ گٔژ زسے پہٕ "عٲلی جناب!
زندٕ .... آ ..... باد" ۔ یکدم گیہٕ بینبہ ژھوپہٕ ۔ گوڈٕ رٕود کٹو زوف
اَکی سۭے جایہِ تہٕ رجمینٹ ہیچ ۔ امہِ پتہٕ لۄوگ کٹو زوف رجمینٹہٕ مٔنزی
پأدل پکنہِ ۔ سفید وردی وول جرنأل اوسُس کرِ لۄوٚر تہٕ عملہٕ اوسُس
پتہٕ پتہٕ ۔

یتھہِ طریقہٕ کمانڈرن پتہٕ نِس افسر، کمانڈرنِ چیفس سلیوٹ دِتھ ۔
بیٹھہِ پأٹھی تمی اَچھی تہٕ تمس کُن درس لأگتھ سو دِلہٕ ینہٕ کتھ تہٕ خوشامد
ہو و ۔ ییتھہِ کیٚنہِ سہٕ پتھی نٹھ تہٕ ہتھ تٔوٚرِ نفاق ہیچ کوشش کران
جرنألن پتہٕ پتہٕ رجمینٹہِ مٔنزی پۄک ۔ ییمہِ آیہٕ تمی کمانڈرن چیفہٕ
سٕنزِ اَکس اَکس کتھہِ تہٕ تمی سندس اَکس اَکس اشارس پیٹھ دوہٕ
تُجہِ ۔ تمہِ نِلہٕ اوس باسان زِ سُہ چھُ کمانڈر آسنہٕ تہٕ نوکر آزی کران ۔
اَکھنُے چھُ زٕرے یہن فرمانبرداری ہاوان ۔

کمانڈرٕ سٕندِ دِل دِیٔ کٔنی تہٕ سختی کٔرتہٕ کٔنی آس یہِ رجمینٹ باقے
رجمینٹو کھوتہٕ زیادٕ جان حسابس مٔنز ہٕرانا و وآژ میژ ۔ بیمار تہٕ ژھینہٕ
گٔمتی آسی کُل زٕ ہتھ سداہ نفر ۔ جوانن ہند یو بوٹو ورآے اوس
سورُے کیٚنہٕ ٹپ ٹاپ ۔

کٹو زوف پۄک لشکرہِ مٔنزی ۔ کُنہِ کُنہِ اوس سہٕ ٹھہران تہٕ
کاٚنسہِ افسرس یا باضے کاٚنسہِ سپاہس سۭتۍ کتھ باتھ کران ۔ ییمس
شہ ترکی ہندِ جنگہِ پیٹھہٕ زانان آسہٕ ہے ۔ تیمہشدین بوٹن کُن
وُچھتھ دِژ تمی واریاہ لٹہٕ غمگین پأٹھی کلہٕ ۔ امہِ طریقہٕ ہوو تمی زِ سہٕ

چھُنہٕ اَمہِ خاطرٕ کانٛہہ ذِمہٕ وار زانان۔ مگر تو تہٕ گژھِہ یہٕ حالاتَن
ہِشر یہٕ صوٗرتھ آسٕنۍ۔ کمانڈر اوس بیٚیَن خوفَن بیٚٹھ بڑوٚنٹھ کُن
دوران تٕمِتھ یہٕ رجمیٚنٹہٕ مُتعلق کمانڈرس سۭند اَکھ لفظا تہٕ اَکھ گژھِہ ہیٚس۔
کٹھو، زوفس پیٚتہٕ پیٚتہٕ آسی تٕمی سٕندِ عملکی نفر وۄمرتیٚتھ کٕنی یکان نہٕ
تٕمی سٕندلو تہٕ کھوتہٕ لوٗٹ لفظا تہٕ ہیٚکہِ ہَن یوٗز تھٕ یِم آسی
یاتہٕ وآتِہ کنِتھ کران تہٕ مُشری مُشری اسان۔ کمانڈرن بیٚیَن سارِ ژے
کھوتہٕ نزدیکھ اوس اَکھ اڈجوٹنٹ۔ یہ اوس شہزادہ بالکانسکی۔ امس
پیٚتہٕ پیٚتہٕ اوس امی سُند بوج تٕمس وۄژِ کی۔ تھوٚد تھوٚد افسر۔ حلہٕ
کھوتہٕ چاق شریف اَسہٕ وُن تہٕ اَچھیَن مَشر سٕری یہٕ ہِتھ۔ تٕمس
وِژکی ین ہیٚوک نہٕ بیٚیَن خوشی ہٕشد ایحساس دِتا وِتھ پیٚلہ رِسالہٕ فوجُک
اَکھ گیٚبنشوم اَفسر اَمس نِش آو۔ یہ اَفسر اوس وُٹھ کملاوِتھ وراٰے
تہٕ اَچھیَن حرکتھ کرِتھ وراٰے کمانڈر سٕندِس کمرس کُن نظر
گَنٛڈِتھ تٕمی سٕنزِ اَکِس اَکِس حرکژِ لاگان۔ ییٚتھے کمانڈر نٕتھ
کرِتھ بڑونٹھ کُن وۄتہٕ تلان اوس۔ یہ رِسالہٕ فوجُک اَفسرتہٕ اوس
تٕمتھے کنی نِتھ کرِتھ زَنتہٕ بڑوٚنٹھ کُن وۄتھ تلان۔ تٕمس وِژکی ین
اوس نہٕ بیٚیَن نہٕ دِتَن اَمِس ہیٚڈان گرِس کُن وُچھنک جیٚس ــــ
کٹھو، زوف اوس سوٗت تہٕ زو ییہ ہیٚوہ۔ تٕمو ساسہٕ بڑوٚ اَچھو بڑونٹھی
کنی یکان۔ ییمہٕ یہ ذُیٕ زِتہٕ کھانکھرو مشر بیٚری بیٚری آسہٕ یوان۔
ہُتھ زَن اَمِس واپُ وُچھہٕ ہَن۔ نزٕسے مہٕ کیمپی نِش وآتِتھ تُھر یوسہ
ہٕنگہٕ تہٕ منگہٕ۔ عملہٕ کیٚن افسرن اوس یہٕ خیال یہ تُھرِ ییٚتھہٕ کنی
نتے سنگاہ تم آسے وۄکرِسان اَمِس نکھہٕ یہٕن۔

"اوہو، تمۍ ہِن" کمانڈرن چیفن ووٚن۔ تمۍ پرٛژ نوو ووٚنِچ نَس کیٚہ سۭتھ کپتان یُس بِلو اور کوٹھ والی آدی کامہ اوس لوگمُت۔

کمانڈرٕ سندِ منن وِزِ بیٚھِتھ پاٹھۍ تمو ہِن یِیہ حرکتھ ووٚدِتھ اوس رودمُت۔ سُہ اوس باسان حد۔ مگر یمہِ وِزِ کمانڈرن چیفن تمِس کتھ کرٕ کپتان رُود نِتھٕ کنۍ نارِ کوٹ ہیوٚہ اژِ۔ اگیٚ افسرٕ رژھِ کھشیۍ تمِس کُن وُچھان روزِ ہے۔ خبر سُہ دِرِ ہے نیٚبا اَکھ عذابس۔ کٹوٚ زوفس توٚر فِکرٕ۔ اَوٕ کِنۍ یوٚژھ تمۍ اَمِس رُت تہٕ پوٚک پانس۔ اوس ہیوٚہ اُسن پھوٚل کٹوٚ زوفہٕ سندِس بُرنس بُتھس پیٹھ۔ یتھٕ اَکِ زخمہٕ کرِ آکھ آسنہٕ سٕتی شکل ڈٲجِمژ آس۔

"اسمٲیِل جایہ ہشد بیاکھ پرٛون سٕتی بوج"! تمۍ ووٚن۔ بوٚہو دُر افسرٕ۔ "ژٕ چھکھہٕ اَمِس خوشیے"؟ کٹوٚ زوفن پرٛژھ کمانڈرس۔

کٹوٚ زوفس آس نہٕ خبر ۔ تمِ رِسالہٕ فوجُک افسر چھُ پیتہٕ پیتہٕ تسٕنٛز اَکھ اَکھ حرکتھ آنکی پاٹھۍ ہاوان۔ تہٕ سُہ پوٚک ہیٚٹھ ہیشا دِتھ شروٚنٛٹھ پہَن نہٕ دوٚنُن۔ "بِلکُل عٲلی جناب۔"

"ہرٛتھ کانٛسہِ چھیٚے بنٛنۍ کنۍ آسان"۔ کٹوٚ زوفن ووٚن اَسان نہٕ ہورکُن پکان۔ "چیٚنٛہ پرٛیہ اوسُس ژوٚرے پہَن۔"

کمانڈرن سوٚنٛچ ہے ہے یہِ نہٕ ماکھسِ کوٹھ ہیے مٔتِہ نہٕ جوابا دِنُن نہٕ گیٚنٛہ۔ اَمہِ وِزِ وُچھ رِسالہٕ فوجکۍ افسرن ووٚزِجِ تَس نہٕ واتس افسر سُند بُتھ تہٕ تمۍ سٕتٕنٛز سختی سان اندرکُن لٔمِتھ رٔٹِتھ رٔڈ نہٕ نِتھٕ کنۍ زند دِل پاٹھۍ ہیوٚڈن تمۍ سندِس بُتھس تہٕ طٔرِیقس زِہنس وِژگی یِن ہیوٚک نہٕ اَسُن رٔٹِتھ۔ کٹوٚ زوف چھیوٚر پتھ کُن

اَفسر اوس ظاہرا پَنُن بُتھ کُنہِ تہِ آبہِ بدلاوِتھ ہیکان۔ پتھٕ کٹوٗزوف پَتھ کُن کھیوٚر افسرن بدلوو پَنُن بُتھ تہٕ سیٹھاہ ہیے تہٕ سنجیدٕ بنِتھ بند تہٕ موصوٗم شکل رٹِتھ۔

تۄہیم کمیٖ آس یتم کمیٖ تہٕ کٹوٗزوف بیوسوچتس زنتہٕ کیا نام یاد پاوان اوس۔ شہزادٕ آندرے دراو ترٛوٹھ پہنَ تہٕ ووٚنُن شرمی سان فرائشی پاٹھۍ۔ "توٚہہ دِیوٚو سہ عوٚہد وولمُت افسر یاد پاوُن۔ ڈولوہوف، یُس پتھٕ رجمینٹہٕ منٛز سپاہ چھُ۔

"کتہِ چھُ ڈولوہوف؟" کٹوٗزوفن پرٛژھ۔

"ڈولوہوف یتم اوٚتانۍ پریوٚ کھڑ سپاہ سٕتھ سوٗری اَورکوٹ لوگمُت اوس۔ پرٛاریوٗ تہٕ آلہٕ وَس۔ کاژرٕ مس تہٕ پرٛزلوٚتھ بلو اَچھی کرِتھ یہِ سپاہ دراو لائنہِ منٛز تہٕ گوکماندرن چیفس نِش تہٕ بجاہ اونس سلام۔

"تسکا بَتھ چھا کینٛہہ کرُن؟" کٹوٗزوفن ووٚن درٛہہ ہِش کھالِتھ۔

"یہِ چھُ ڈولوہوف۔" شہزادٕ آندرے ییٚن ووٚن۔

"اوہو!" کٹوٗزوف ووٚتھ "مےٚ چھےٚ وومید امہِ سبقہ آسی ژٕ سےٚ کینٛہہ ہیوٚ چھُمت۔ پَنٕنی کامہٕ ہُن گژھِ دِل دِتھ کرُن۔ شہنشاہ چھُ میٚہربان یہٕ مشراوتھ تہٕ کینٛہہ۔ مگر اکھ لایق چھےٚ بَنُن۔"

پرٛزلہٕ وِنیوٚ بلۍ اُچھوٗ وُچھ کماندرن چیفس کُن تِتھےٚ کٔنی لاپروا پاٹھۍ۔ یِتھٕ کٔنی تِموٚ جرنالس کُن وُچھوٗ۔ زَنتہٕ یِتھٕ کٔنی سہ رسمن ہندی ژنم پردٕ چاکھ یژھان اوس کرُن یِم کماندرن چیفس اَکِس سپاہس

نِشہِ دۄر چھِ کھٕفاوان۔

"جنابِ عالی۔ اَکھ مِثنہٕ گُنٛزھہِ کھٕفاوٕنۍ۔" تٔمۍ وۄن مضبوط مٔدرِ تہٕ محکم ہیٚڑِ۔ "مےٚ گُنٛزھہِ پَنٕنۍ خطا ماف کرناوٕنٛک موقع۔ یِمہٕ زَن تہٕ ییٚرَ کھٕفیتہ شہنشاہ تہٕ رٕوسہٕ کہِ حَقہٕ پَنٕنۍ وفاداری ثابِتہٕ ہیٚکہٕ ما کرِ کھٕفۍ۔"

کٹھٕ زوف بھیوٗر ہورکُن تٔمۍ سِنٛزَن اَچھَن مَنٛز آس سو ے چمک یُس کپتان تِمہٕ ہینٛس نِش ہورکُن بھیرَن وِزِ آس۔ سہٕ بھیوٗر ہورکُن تہٕ کھاٹِ جِن دژہہ۔ زَنتہٕ ہا وان اوس زِ یہ کیٚنٛژھا ڈولو ہوفَن وۄن یا کیٚنٛژھا سُہٕ ژٕ تِہٕ ہیٚکہِ ہے۔ تہٕ آس تِمِس یژو نٔنٛژھے خبَر یہ بوٗزی لوٗزی آسی تس کَن پھیپے ہتی۔ تہٕ یوٗ تُے اوس تہٕ کانٛہہ۔ سہٕ بھیوٗر تہٕ لوٗک بگِہ کُن۔

رجمینٛٹ آیہٕ کمپنی یَن مَنٛز آگراوتہٕ تہٕ گیہ بڑا ناوس نکھے بیتہٕ ژٕہن روزَن جاین۔ تِمَن آس نَتِہٕ وردی تہٕ لوٗٹھ میلہٕ نٕچ تہٕ ٹھکِنہٕ ارام کرٕ نٕچ دوہ میٖد۔

"یژو ہو اگِنا رَنج! ژٕ ہے ماگوے مِیون ملالہٕ۔" کماندرن وۄن۔ نژِ ہےٚ مرِ کمیٖتی بیتہٕ دۄرکھٕ تہٕ کپتان تِمو ہینٛس نِش وآ تِہٕ یُس اَکھ کمیٖتی یژو نٔنٛژھ یژو نٔنٛژھ پکان اوس۔ جبرال کماندرٕ سند ٹھیکہ اوس ماینہٕ کامیاب روزنہٕ رَنٛگ شولہٕ ماران۔ "ژٕ رٕ سِنٛزِ توکری مَنٛز چھُو یہ پیٚوان کرُن!...... چلان چھُنہٕ کیٚنٛہہ...... مابیتہٕ وِزِ چھپے باضےٚ۔ پیٚوان تیٚزی کرہٕنۍ...... یہ گوس یوٗرہ مافی ہیتہٕ وول...... ژٕ زانکھ مےٚ...... سہٕ گوٚنڈ خوش۔" تٔمۍ کوٚڈ کپتانس کُن اَکھہٕ۔

"نہ جرنال نہ۔ بہٕ ہاوے قسم۔ نتہٕ بنیا۔" کپتانَن دیُت جواب تہٕ نَس گٔییَس وارے دوہٕ زچ نارہش۔ تٔمی کوٚر تبسُم تہٕ اَمہِ ستی نیوو زِ ٲمِس چھِ اِسمٲیِل کِس جنگَس منٛز زٕ دنٛد پھُٹمٕتی۔

"ڈولوہوفَس گژھِ وَنُن زِ بہٕ تھاوَن سہٕ یاد۔ نتہِ روزِن سہٕ بےٚ فکرٕ۔ ادبانہٕ بہٕ وَنتم دوٚنی کُنٛتہٕ چھُ پکان۔۔۔۔۔۔ بہٕ اوسُس پیٚژھانہِ ژٕ بےٚ پژھُن۔۔۔۔"

"جناب۔ سُہ چھُ فرٕض ادا کرنَس منٛز سخ پابنٛد۔ مگر اَکھ بلاے چھُس۔"

"کیا بلاہ چھُس؟"

"سُہ چھُ وقتہٕ وقتہٕ بیوٚن بیوٚن رنٛگ ہاوان۔ ووٚنی آسی سمجدار، تٲلیم یافتہٕ تہٕ شٔریف مزازٕ تہٕ ووٚنی آسہِ ہٲنٛی جیوان ہیوٚ۔ پولینڈٕ ژھینیوٚن اَکھ یوٚہوٗدی کٲلی تھٕے۔۔۔۔۔ اگر توٚہی مٲنِو۔۔۔۔"

"ٹھیکھ، ٹھیکھ، مگر میٲنِس منٛز ہیٚنہٕ آمہٕ نِس جوانَس ستی پٔنٕنہِ رٕچھہِ وَرتاوُن، تٔمِس چھِ جان جان رِشتہٕ۔۔۔۔ ژٕ بےٚ چھیے خبر۔۔۔ ۔۔۔۔ اَدٕ کینٛہ گژھہِ چیون۔۔۔۔۔"

"بیٚہتر جناب، بیٚہتر جناب۔" تٔمۍ ہیٚنٛہ ووٚن تِھنٛہٕ پٲٹھۍ ووٚٹھ کملاوِتھ زِ تٔمِس چھیے خبر بوٚڈ افسر کیا یژھان چھُ۔

"ادٕ سا ٹھیکھ۔ ٹھیکھ۔"

جرنیٚلَن کوٚڈ ڈولوہوف ژھانٛڈِتھ تہٕ کھوٚر ووٚن گرٕ۔

"پیٚٹھے باہٕ نَرٕ نے ژٕ بےٚ پیٚنٛنہِ سٹار وایِس۔" تٔمۍ ووٚن۔ ڈولوہوفَن دِژ اَمِس کُنٛ نظر تہٕ ووٚنَس نہٕ کینٛہ۔ تٔمۍ سندِس طنزٕ ہٲتِس آسہِ وِنِس

ژھِتس آیہٕ نہٕ کانٛہہ فرق۔

"اَے کیا۔ نبیلہِ گوٚ جان۔" جبہٕ ناگل اوس وَنان۔ میانہِ طرفہٕ دِیو پٔرکنہٕ کانٛسہِ برانڈی گلاسہٕ اَکھ اَکھ۔" تٔمی وۄن سپاہٕین بوزِتھ۔

توٚہہ سارِنی چھُس بہٕ شُکریہ کران۔ تُہند بوٚڈ تِے خوٗدا یہٕ۔" کمپنی اَنٛدی اَنٛدی گٔژھتھ دِتھ دوٗرِ نوو تٔمی بٔٹیس کمپنی کُن گرٕ۔

"آہن ساگ۔ یہِ چھُ موٚہبوٗ جان۔ اَکس سٕتی بیٚیرِ انسانس شوٗنٛتھ ہیوٚہ دوٗہ۔ تِمو ہیٚنی وۄن بیٚنہٕ تِس ماتحت افسرس یُس تٔمس سٕتی پکان اوس۔

"شہزلن ہُنٛد پادشاہ۔" بس یوٚہے اَکھ لفظ چھُ اَمی ہٕنٛدِ خاطرٕ۔ ماتحت افسرن وۄن اسان اسان زیٚرہ ناگس اوس دِلن ہُنٛد پادشاہ ناوکرنہٕ آمُت)۔

مابیٚنہٕ بیتہٕ یِمہٕ نٔوتی افسرن ہِنٛدیٚن دِلن مَنٛزٕ آس۔ تتھ مَنٛزٕ آسی سِپاہ تہِ شٔریک۔ کمپنی آس پکان خوش خوشال تہٕ پٔرکنہٕ طرفہٕ اوس سپاہٕین ہُنٛد جوٚش کُن گژھان۔

"کیوٚہو۔ دیان کٹھ زوٗنس چھیٚیے اَکھ اَچھی کاگٕ۔"

"یوٚز ہا چھیٚے۔ اَکہٕ اَچھی چھیٚہ سُہ کون۔"

"ہیو، تٔمس ہا چھُ تہٕنٛدِ کھوٗتہٕ زیادٕ گاشہٕ، وچھوٚنا ساہن یوٚٹن وِڈٹن بیٚہتھ کیٚنہٕ یاگٕھ بٔٹیس نظرٕ۔"

"ہیو یارٕ، بیٚبلہِ تٔمی مےٚ زِگَن کُن نظر گرٕ۔ مےٚ دوپ ......۔"

"سُہ بیٚاکھ ہا اوسُے آسٹریا یُک تٔمس سٕتی۔ تٔمس ہا زَن اوسُکھ چوٚنہٕ یوٚہن گوٚرمنٹ۔ حیموٚت اوٹ ہیوٚہ اوس۔ یہِ گٔیہ شرط تٔمس چھِ

نِنھتے کُنۍ پاَلِش کراں ہیٚھِہ کُنۍ اَسی پیٚہ نٔہ نٔہن بوٚند وٚفن کراں چھِ ۔"

"دوٚپ مے ہا حٔید پشو!... کیٚتھہٕ ما ووٚنن جنگ کرہ لگہٕ ۔ ژٕ اوٚسکھہ نا نکھہٕ پہن ۔ دِیان ہا بونا پاٹ اوٚس پانہٕ ہٕژ ونووآمُت۔"

"بوناپاٹ..... یہ کوٚتھ کیٚاسا ہکو اسٕ کراں ۔ ژٕ کیٚا کیٚا پٔزٕ نوزہیس حالس پٔچھی پٔرشیا ہکی لیٚاو کھٔنٕ کراں ۔ تراں چُھپٕہ فکرِ ۔ آسٹریا ہکی چھ تِہنٕ پٔیپہٕ ناوان ۔ بیہ پٔلٕہ تِم بیہن تٕہ پٔلٕہ وٕ کتھٕہ جنگ بونا پاٹس سٕتی ۔ تٔہٕ پٔیہ دِیان بونا پاٹ اوٚسُس ہٕژ ونو آمُت ۔ یہ چُھ بیچور فاتِر ۔ توٚہہ پیٚزٕن کُن مُترٕ آو تھٕ کھاوِتی ۔"

"کیٚا بلا سے چھِ ہیم کوٚاٹرماسٹر..... پاٚ ثرنم کمپنی واٚژ خبر کرہ کامس منٛز ۔ نمو آسہِ نٕنہٕ کھاہٕ تہٕ روٚنمت تہٕ اَسی چھس وٚنہ وٚتی ۔"

"ننا چاچہ ابکوٹا دِتہٕ ۔"

"ژےٚ دِژو کھارا دٔنہٕ نموکھ ۔" اوٚسا ہیٚا تہٕ بارٕ خوداکہٕ دِنے پاری ۔"

"نِم ہاگز ہوٚا سِتی کھٔرے ہتی وتی ۔ تِتہٕ چھ اَسہ میل ژوٚہبرِ خاتے کٔڈ نی ۔"

"دوٚہیم ہسا ۔ جر منیو دِژ اَیہٕ تو نہٕ بگہٕ ۔ تو نتہ اوٚس باسان ہیدٔ ہ پکُن ۔"

"مگر پانہٕ میانہ ہیٚنہِ چھ کُکن ژٕٹ نالہ کڈان ۔ تتہِ اَسی پو لیبٹ کِ کُھکھ ۔ ساری اَسی روٚسی پادشہس ماتحت ۔ مگر وو نی چھ اَسی نٔنی پاٚکھ جر منن آدیژ ۔"

"گیہون والی بیٚین ہٕژو نٹھ ۔" کپتانن دیُت حکم ۔ بیوٚن بیوٚن روٚنٔن

ہِندی زٔنۍ وٗہ مٔر دٔرا۔ بٔرونٛہہ کُن۔ ڈولہٕ وول یُس ننٛتمن زٔ شیٹھ اوس بِھیوٗر بِیتھ کُن، جماژکُن۔ نٔرِہِندِ اشارٕ سیتی ہاوِتھ تِلُن اَکھ فوجی بٲکھ۔ اَکھ اوس ناو "ڈُہ آسی سنگرہ بھودلہٕ نے" تہٕ گوڈاو سس: "بَبس کامنکی بَس نیرو اٗسی شوٗہرِتھ لبہٕ باپتھ۔" یہ بٲکھ اوس نٔر کی ہٕنٛز لیکھِنہٕ آمُت۔ تہٕ وٗ نٔ اوس آسٹریاہس منٛز گوٚہ پوان۔ ڈاجی مٔز آسہِ ہس بیٖرِے ہَن زِ "کامنکی بیہ" ہِنٛدِ بدلہٕ آسِہ ہَس "کنٹوزوف بیب" لفظ لاگو ہتی۔

ڈولہٕ وول اوس وٗری ژٔ ننجہِ مٔرِواٗنسہٕ۔ سہٕ اوس اَکھ کانیٛل خوٗبصوٗرت سیپاہ۔ بٲنگی پٔننی لفظ اوس ہکہٕ وَنان بیٖتھِ یاٗٹھی سپاہ بٔنِنَن فوجی ڈٔہرِ باجیٛن کُن مُدرے گنٛڈان اوس۔ ڈھکس دٔرہہ کھالان۔ بیٖبلہٕ تسلی گنٛنہ ہِس زِ ساہی تِچھ پتے کُن وٗ چھپان تیٖلہِ اوس نٔرِ ننٛھہٕ کنٛز ژُلان زِ نتہٕ کاشہ گوٚب قیمتی بور واہ وار اوسُس کلس بیٖھٹھ کنٛاوُن۔ بیٖتہٕ اوس کیٖنٛہہ سکنڈ تِتھے کنٛز ژٹھ بیٖبیہِ ہکہٕ دآرِتھ دِوان۔

"اوٗہ میٛانہٕ پٔہرِ ہُشد بڑانٛد
میٛانہٕ نوٚیٛہرِ ہُشد بڑانٛد"

تُمۍ تُل بٲکھ تہٕ وُہٕہ آوازٕ وٗدیت پوٚرٕ ووچ۔ کسٹانیٹ ژٲل ناص ہِچہٕ ساز) وول اوس پوٚندوٗق تہٕ سامانہٕ بھیٖلہٕ ہِتھ بٔرونٛہہ پٔران تہٕ بیٖتہٕ یِتھ یِکھ ڈٔہرِ باجٕن کُن پھیران۔ شانَن دِنَن وِتھ اوس سے زَن تہٕ کسٹانیٹ سیتی کاٗنسہٕ ہیٖم ہاوان۔ سیپاہ اٗ دساز چہٕ نالہٕ بیٖھٹھ تُہرہٕ گِوان۔ تہٕ پتے شوٗنکھ پٲکھ قدم رلاوان بٔرونٛہہ پکان۔ بیٖتہٕ آس

دوٚد بہن ہگرن ہنز آواز، سُپیرِ تگن ہنز کِکہ رائے تہٕ گُرِین ہُند ٹھپھ ٹھپھ کنن گژھان۔ کٹوٗ زوف تہٕ تمی سُند علہٕ اوس شہر وٲلیس اژان۔ کما نڈرن چیفن کوٚر سپاہین منزٕ پکنک اِشارہٕ۔ پاسان اوس سُہ تہٕ تمی سُند علہٕ چھِہ گیونس، تژن وٲلس سپاہ ہندس نماشس تہٕ چاق پأٹھی مارٕ بج کرٕ تس خوش یکینی ہندٕ چھیتہٕ اندٕ ہیپا آرٕ بگی پکان آسس، یئیہ تمن ٹلی اچھی وٲلس ڈولوہوفس ٹُن نظر۔ سُہ اوس باتہٕ بجیٚن لہرن ستی بے پھرک مُشی تی منزٕ پکان۔ یگہ ہندین سوارن کُن اوس سُہ تمہٕ نظرٕ وُچھان زِ تتہٕ رحم اوسُس یوان زِ یمہٕ کوتہٕ پتھرٕ وُستھ آسہٕ ستی گیوٗنا کران۔ کٹوٗ زوف سند علہٕ منزٕ یُس رسالہٕ توٗھک افسر جنرالس ہنڈان اوس سُہ وٗتھ نگہٕ بیٹھہٕ نبون تہٕ گوٚ ڈولوہوفس نِش۔

رسالہٕ فوٗجک افسر زرکوف اوس اکہ وزِ بیپٹرز برگہٕ چہٕ تمہٕ بدمس برادری ہُند نفر یتھ ڈولوہوف داد اوس۔ زرکوف بیپلہٕ سپاہ اوس تبٕلی اوس سُہ بیبٕہ کنتہٕ نا ڈولوہوفس سمکھیومُت۔ اَز اوس تہٕ تمی سُہ پیرزہٕ ناوُن مُناسِب زونمُت۔ مگر وٗہ زِ پیپلہٕ کٹوٗ زوفن اٚسس عوٚہدٕ وٲلی ہنس افسرس ستی کتھ کرٕ، اَمی تہٕ کرٕنس جگری دوستہٕ سندی پأٹھی کتھ۔

"وَن ساٚٹا کھٕ مبٲ نیٚا۔ وارٕے یا"، تمی وٗننس گیوان گیوانے تہٕ گرٕ تلہٕ نووُن مارٕ بج کرٕ وِنین سپاہین ستی قدم۔

"وارٕ کیا چھُس" ڈولوہوفن دِتنس بے دِل جواب۔ "دِچھیانے تُھکلہٕ۔" زندٕ دِل بأتھ اوس بے پھرک توٚشی ستی زلان بیہِ س

خوٚشی زٕرکوف ہاوان اوس تَرٕ نِتھ یٖیے دِلی ستی یوٚس ڈولوہوف اوس ہاوان ۔

"کیا ساعٕب، اَفسَرن ستی کٔرٕتھ بنان ؟"

"زَبَر پاٹھی، یِم چھِ رٕتی موٚہتوی۔ ژٕ سٔے کیتھٕ کٔنی توٚگے عَمَلَس مَنٛزٕ اَژُن ۔"

"توگہٕ ہَس ہساب۔ دوٚنی چھُس اَکھی کامہِ بیٚہتھ حالس"۔

ژھوکٕرٕ ژھوٚو بیہٕ ۔

باتھٕ اوس چلان:

"لوٚیہِ وُن پاز تیوٚم پانَس ستی
ڈٕچھینہِ ترٕ کٔسٕنز ژھوٚنم کٔرِتھ آزاد"۔

اَمہِ ستی اوس ہیٚمٛتھک تہٕ شاد ماٚنی ہُنٛد ماحول پاد گوٚمُت۔ بنان چھُ یہِ کَتھ باتھ مایکہٕ ہے بدل آیہ اگر تمو تمہِ ونہِ کتھ آسہِ ہے تہٕ تُنٛجی مٕژ، بیٚلہِ زَن ہورٕ گیوُن چلان اوس۔

یہِ چھایوٚنہ زٕ آسٹریاہَن چھُ ہورُمت۔

"مِیانی زانٛیس بلاے، تی دپان"۔

"یہِ چھُس خوش" ڈولوہوفن ووٚن وُژِتھ وُژھہِ زٕ ٹٕ ساز چھِ لَبہِ ستی تال دِنہٕ آسس ۔

"دوٚیہٕ سمے ہساب۔ کُنہٕ دوہ ہیہٕ شامَن بیہٕ، ناسہٕ اَنٛقا گٕسُدوٕ"۔

"مال چھُبہ کافی آسان"۔

"بیٚٹھ زٕ"

"تہٕ ہیٚکِے تہٕ بیٚتھ۔ مے چھُ قسم کوٚرمُت، نہ چھِیہٕ تہٕ نہ گٔشہِ

زار یوٗتانۍ نہٕ ترقی سیلبئم۔"

"خٲر۔ مگر گوڈٕ گوٚژھ......"

"اُڈبِلہِ یوزو۔" یمو کٔر بٔبیہِ ژھوپہٕ۔

"ژٕ بہٕ اگر ژےٚ کینٛہہ گژھی۔ عملس منٛز روٗزِتھ چھُ اِنسان ہیبتہِ

کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ ہیکان کٔرِتھ۔

"ڈولو ہوفن ہاوِ دَ ند۔ مہ دِ تکلیف پانٛس۔ بہٕ سےٚ ضوٗرزورتھ

آسہِ نہِ چھُس بہٕ نِوان۔ مَنٛگان چھُس بہٕ۔"

"اچھا۔ خٲر...... بہٕ چھُس صرف......"

نتہٕ خٲر۔ بہٕ چھُس صرف"

"الوداع"

"الوداع۔"

"دوٗر دوٗر یوٗ یوٗتانۍ گو آزاد۔

گوشہ بینہٕ تِس پٔتِس شہارَس کُن۔"

زرکوفن کٔر گرِس کھوٗر۔ گرُٹۍ ترٛٲئیبہِ لٹہٕ ہٲکہٕ پیڈر زنتہٕ

فِکرِ اوسُس نہٕ ترٲن گوڈٕ کوسہٕ زنٛگ کڈٕ ترٛوٗ ونٛھ۔ آمہِ بینہٕ دژاو

کمپنی اندی رہدار زنتہٕ سازس تال دِوان نہٕ ووت بگہِ تِتش۔

# ۳

کٹھۄ زوف بیۆلہِ مٲ بیٚنہٕ گژھِتھ آسٹریاکِس جرنٲلس سیٚتۍ واپس
آو۔ شہرٕچہِ نوو یٚنِ اڈجوٹنٹ ناد دِتھ تہٕ تٔمِس دوٚپُن کاکد پیش کرِ۔
یِم کاکذ آسۍ اُڈۍ نیٚتھ نوٚعیس متعلق یِیس نووٕ یے آمُت اوس اُڈۍ فردی
ننہٕ بیٚتر بیٚٹھ آمژن جنجھٕیٚن ہٕشدی۔ فردی سند اوس محاذس بیٚٹھ
فوٗجک کماندٕر۔ شہرٕچہِ آندرے بالکانسکی ژاو حکمہٕ موجوٗب کاکذ
ہٲنِتھ۔ کٹھۄ زوف تہٕ ہا فکرہ یگسار تھکاک اکھ میٚمبر آسی میٚنزس بیٚٹھ
نقشہِ دہرآوِتھ سوٚچان۔

"اوہ!" کٹھۄ زوفن ووٚن بالکانسکی وُچھِتھ تہٕ امہِ "اوہ" لفظک
اِشارٕ اوس تہِ ژھوپہٕ کرِتھ پڑار۔ سُہ گو فرانسیسی زبانۍ منٛز وَنان:

"جرنٲل بہٕ وَنے اکھ کتھ،" کٹھۄ زوفن ووٚن تٔمہ یوٚہہٕ ورٕتہٕ
شاندار آبہِ لفظہ وٲنسے واٗسے آسہٕ کڈان۔ یِمہِ کتھۍ تٔمِس کٔن ہوشس
نفاوٕنس چارے اوس تہٕ لگان۔ توٚن اوس تہِ کٹھۄ زوف چھُ پانہٕ تہٕ
پیٚنہٕ منِن کتھن منز تلان۔ "بہٕ وَنے اکھ کتھ۔ میٚنے ناوی ہیے آسہ ہیے
تشہنشاہ فرانسیسہ پیٚٹھ مرضی آسہ ہیے کرناوی آمژ جیا امنہٕ۔
بہٕ آسہٕ ہا خبر کرہٕ شہزادس سیٚتۍ ریومُت۔ بہٕ چھُس قسم کھٲوِتھ وَنان
تہِ اگر کماندرن چیف کاشہٕ زیادٕ تجربہٕ کار تہٕ قٲبل جرنٲل بناوتہٕ
بیٚیہِ ہیے یِمہٕ زَن آسٹریاہس منٛز سیٚٹھا موجوٗد چھِ۔ میٚنے وسہِ ہیے
ذِمہٕ وٲری ہٕشد وہ لہ بور تہٕ بہٕ لوٚ تہٕ ہا۔ جرنٲل! حالات چھِ سیٚٹھا

نوزُکھ ۔ ،، کٹھۍ زوفن کوٚر وُڈھو تلی اَسُن ۔ زنتہٕ وَنان اوس "توٚہۍ ستہٕ کرٕی تو پٔرٕھ توٚہۍ شنز مرضی ۔ مےٚ چھِیہٕ تمہِ ستی کانٛہہ فرق پیوان ۔ مگر تہٕ ہیٚکوٚ نہٕ توٚہۍ وُنِتھ تہٕ سو سے چھےٚ اصلی کتھ "۔ آسٹریاہکس جرنیٖلس اوس نہٕ ظاہرا یہِ وَنیان مگر آنکارس تہٕ لوٚگُس نہٕ چارٕ۔

سُہ دوٚد تھۆو ہِ لڑایہِ گرٕی تہٕ جیٚرٕ لَد آوازِ منز بوٚسہٕ نہٕ تمی سندِس خوشامد کرِ نہٕ کِس بَرادس ستی رلانےٚ آس "۔ اکھ برعکس چھےٚ عالی جنابن ہنز دہ نہٕ وِنی دَرٕژن یکہٕ وَٹہٕ رہنمٲیی کرٕنی بٔڈ پسند، مگر یوسہٕ دَرٕنگی دوٚنی گژھان چھےٚ ۔ تمہِ ستی چھُ سانٛز کینٛز جوانمرد رۆسی فوجن تہٕ تمہِ کِس کماندٔرن جیفس تمِ بنامہٕ پرٲونس زیر گژھان ۔ یٔتھی ینک تمن عادت چھُ "۔ تمی کوٚر بہِ جُملہٕ پوٚرٕ ینتھ تمی اوٚنانٛز تا ٲیم تا ٲیم کرٕ مژ آس ۔

کٹھۍ زوف نمیو تمی وُڈھہٕ کُھجارٕ ۔

"مگر مےٚ چھےٚ پٔرٕھ تہٕ شہزادٕ فرٕدی نند سٕنزِ عیٖٹہِ ستی چھُم واریاہ بیوٚ کھُمت زِ آسٹریاہکی فوجن چھےٚ قابل کماندٔر جرنیل ماکٕ سنزِ رہنمٲیی منز یوٚ ختہٕ فتح لبمٕژ ۔ وَنی چھِیہٕ تمن سانہِ مدٕ ہنٛج ضروٗرتھ" کٹھۍ زوفن وۆن ۔

جرنیٖلن کھاج ڈیکس دٕرٕ ہہ ۔ آسٹریاہکہِ فوجہِ کہِ ہارٕ ہنٛج شیٚچھ زَن آس نہٕ واتٕمٕژ ۔ مگر حالاتھ ٲسی تتھی بیٚمو کِنی بہِ بَد خبر غلط باسان آس نہٕ ۔ اوٚ کِنی اوس کٹھۍ زوفہٕ سُند بہِ دُنن تُستہٕ ہیوٚہ باسان زِ آسٹریاہکی فوجن کیا چھُ زیوٚ نمُت ۔ کٹھۍ زوف رُود بُتھہِ اسہٕ وُن ییٚنمہِ نَلہٕ تسان اوس زِ سُہ چھُ پوٚزٕے وَنان ۔ تمُس آس یٔنزی کِنی ۔

جرنالن ماک سِنٛدِ فوجہِ بیٛٹھ جبر وآنٛژ ہیٛرٕ نیٛمُو کیاژھ زیوٚ ہمت نہ تہٕ تٔہٕنٛد
فوج کیاژھ نتہٕ ژھِ جابہِ یِوٚ سٕ فوجی حکمتہٕ موجوب نٔیمٕن راس ژھینٛے۔

" بہٕ خط دِیوٚرٕ " کٹوٚ زوف وۄٹھ شہزادٕ آنٛدرے یٔس کٔرن۔

تہٕ ووٚٹھن بیٛٹھ ہزلہٕ ہووٚت اٰسُن اٰنٛتھ پوٚرُن جرمٔنی پاٹھٕ شہزادٕ فریڈی سٕنٛد
سٕنٛدِ خطُک بہٕ حصہٕ :-

" اٰسہِ چھِ سٔنٛتھ ساس جوان کُنی موٚکھ کٔرٕتھ دُشمنس دکہٕ اٰنٛہٕ تہٕ شکٕس دِنہٕ
خاطرٕ تیار۔ اگر سُہ لیبیج ڈٔری پاوٚس پیور توٚر ـــ الم چھُ اٰسہِ اکھترٕ، تہٕ
اٰسہِ واتہِ ضرور امہِ جیٛزٕ سٕتی فٲیدٕ زِ ڈیوٚب ڈٔری پاوٚس چھِ اپارہِ
بیوٚر اٰسی۔ وۄنی اگر سُہ بیوٚر توٚر نہٕ اٰسی ہیٛکوٚ کٔنہِ وِزِ تتہِ ڈیوٚب
اپارہِ تٔہنٛزٕ وٕتہٕ ژٔلِتھ۔ تمہِ پتہٕ ہیٛ سٕہ سائرِس مددگار مُلکس کٔرن پیٛوٚر
اٰسی ہیٛکوٚ بٔیس جابہِ بٔیہِ ڈیوٚیس نٔرِتھ تٔمس کامیابی سان وٕنھ رٔٹِتھ۔
امہِ طریقہٕ روزوٚ اٰسی توٚتانی بٕتھہِ یوٚتانی روس تیار گژھہِ۔ پتہٕ ہیٛکوٚ اٰسی
سمٕت کٔرِتھ دُشمنس لیٛنہ شوٚبہِ تیٛتھ سزا دِتھ۔"

کٹوٚ زوف سٕ بکلیوو بہٕ پٔرِتھ تہٕ ترٛوٚ وُن وۄش۔ تمہِ پتہٕ لوٚگ
زٲنِتھ ما نِتھ ہافکہٕ یکسارتہٕ کٔرِس میٛمبرن کُن ڈُیچھنہٕ۔

آسٹریاہٕ ہِنٛدِ جرنالن ووٚن۔ " عالی جناب گاٹلیڈ چھُ وۄنۍ ہمت
تیارے کی گژھہِ تھاوِنی خراب کھوتہٕ خراب حالہٕ خاطرٕ۔ سُہ اوس یژھ ہالی
بہِ ہزلہٕ بازی ختم کٔرِتھ مطلبیچ کتھ کٔرنی۔ تٔمی پھیٛرٕ کلہٕ تہٕ وُچھن ایڈجوٹنٹ

" مافی دِیو جرنال " کٹوٚ زوفن ژٔرٕٹ تٔمی سٕنٛزٕ کتھ تہٕ سُہ نیٛرِ
پیٛیوٚر شہزادٕ آنٛدرے یٔس کٔرن۔ " واہ سا گوٚبرا، اَن سا یوٚزلاسکی
سٕنٛدی سارِی رپوٚرٹ۔ بہٕ چھس کٔہِ چھُٹی نا سٹیٛمنس سٕہ شتہٕ پیاکھ

شہزادہٕ فردی سند سٕنٛز۔ بہٕ گٔیس بیٛاکھ۔" تٔمۍ ووٚن أمِس کُن کیٚنٛہہ چیٖٹھ
پٔلہٕ ناوِتھ۔ یِمو سارِوے ییٚلہٕ کرٕ تہٕ زٕ فرانٛسی پاٹھۍ اکھ یاداشت تیار۔
بُلبُلہٕ تَلہٕ آسٹریاکِہ فوجِچ کارکردگی شنہٕ ہیہ۔ آ، بہٕ کرٕ تیار تہٕ ہاوِتھاوَن۔"
شہزادآندرے یمیوو یہ ہاوُنہٕ خاطرٕ تہٕ گوٚڈے توٚر تٔمِس نَنہٕ
نٔکلہٕ تہٕ وٕنہٕ آس تہٕ اکھنٹے تہٕ نہٕ بہٕ کٔنٛہ زوفِن ییٚنہٕ ہٕتھ تہٕ تٔمِس وٕنِتھ ہیوٚک
نہٕ۔ تٔمہ زٔنی کاکَنہٕ۔ ڈبارٕ یمیوو واپہٕ پاٹھی تہٕ لوٚتی پیٚری نٔراوان وڑاو
قالینہٕ پیٹھی اپور۔

شہزادہٕ آندرے یَس اوس رۄسہٕ آمہٕ نِس کٔمی کال گوٚمُت۔ مگر
سہٕ اوس واریاہ بدلیومُت۔ تٔمی سِندِ بُتھِچ پاوَتھ، تٔمی سٕنٛز اکھ اکھ
حرکَتھ، تٔمی سٕنٛز چال ڈال، گُنہِ مَنٛز آس نہٕ تٔمی سِندِ برو ٹھیٚٹھی مہ کہا ژٕ
ہٕنٛز یا سوٗرٕ چ ژھاے۔ سہٕ اوس تٔمہِ مزاژک موٚ ہنوییمس یِمٕہ آسہِ
نہٕ زِ لکھ کیا چھس ونان۔ یُس ییٚنہٕ فی کامہِ مَنٛز آوُر روزِ تہٕ یَنیٚنی کام آسیس
خوشی کران۔ تٔمی سِندِ بُتھِ تَلہٕ اوس نٔنان زِ سُہ چھُ پانَس نہٕ راضی
نہٕ لکن نہٕ۔ تَسٕنٛز وُٹھ گُمجارتہٕ تَسٕنٛز نظر آسہ یٚئے کھیژک تہٕ لوٚیہ وِنہٕ۔
سہٕ اوس کٔنٛہ زوفَس پولینڈٕ سمکھیومُت تہٕ تٔمی اوس وِتھی واگجِہِ
رۄشمُت۔ وعدٕ اوسنَس کوٚرمُت زِ بہٕ تھاوتھ ہمیشہِ یاد۔ تٔمی اوس بہٕ
اینٛڈجوٚ ٹُھو مَنٛزٕ زارِتھ گوٚڈمُت نہٕ پانَس سٕتی وپنا اوٚنمُت تہٕ اَنہٕ اَسنَس
خاص ذمہ واری ہٕنٛز کام پٔشراوِمٕژ۔ وپنا ییٚلہٕ آس کٔنٛہ زوفِن شہزادہٕ
آندرے سٕندِس ناٚلِس تہٕ ییٚنہٕ نِس بِٕرٕ اٚنِس روسٕنٛس چیٖٹھی لیچھمٕژ۔
"چُھن تُہٕ نہٕ تٔمہِ افسر یُس دِل جانہٕ کام کرِتھ تہٕ با ضمیر آسِک
تو بو تھٕ دِتھ تقدیرٕ کھٕ لیہِ۔ جیٚتہٕ دارٕ فی میلن چُھس بہٕ خوشی نصیبی زانان۔"

پیئرن برگہ کی پاٹھۍ آس شہزادہ آندرےیس کٲژ زٕ تہٕ سندس
عملس منٛز، پتہٕ ہنٛد افسر سٕنٛدی باجن منٛز تہٕ اُکھنٕ ساری سے فوجس منٛز
دوہ بہ قسمہٕ شتو ہرتھ ۔ اُڈو آسی تٔمس پانس نِشہٕ تہٕ اُکھنٕ ساری وے "نکو
نشہٕ اگلے خیال کران ۔ نٔم آسی تٔمس نِشہٕ بڈٕہن بڈٕہن چیزن ہُند تو فواہ
کھاوان ۔ تٔمی سٕندس وننس آسی کٔن تھاوان، تٔمی سٕندی تاریف آسی
وزھہٕ وانجہٕ کران تہٕ تٔمس نِشہٕ آسی ہیچھان ۔ ہیم لکھ آسی کٔتھ تہٕ بیمہٕ نے
لُکن سٕنزاوس شہزادہٕ آندرے دِل مُتٲثر نہٕ کتھہٕ کران ۔ یا تھہٕ لکھ آسہٕ تہٕ
شہزادہٕ آندرے یس پسند کران ۔ نٔم آسی تٔمس بومہٕ لد، تُرمن تہٕ کپردان
زانان ۔ بیٔھ لکھ آسی نہٕ یاد ۔ بیمن منٛز نہٕ اوس شہزادہٕ آندرے یس
دوہ کُڈٕن نگان تہٕ تھہٕ حدس تاگ آسِس نٔم نہٕ یِز پتھ کران ۔
کنٛوٕ زو فہٕ سندِ کمرٕ منٛز بیہتھ نہٕ بیٹھکہٕ منٛز وآنتھ گو شہزادہ
کاکتہ ہتھ سٕنٛدی بوج ایڈجوٹنٹ کوزہٕ لاسکی یس تِشہٕ سُد اوس دار پیٹھ
کتاب ہتھ بہتھ ۔
"ؤنیو شہزادہٕ ۔ کیاہ چھُو؟"
"دوپہٕ ہم اکھ یاداشت بناوِ آسی کیاہ چھیتہٕ یژوشتھ ہیکان ٔیکتھ ۔"
"تہٕ چھہٕ کیاز یتہٕ؟"
شہزادہٕ آندرے یَن دِژ نشانَن دِتن ۔
"ماک سٕنٛز کینٛہہ تحیرٕ؟" کوزہٕ لاسکی یَن پرٕژھہٕ نس
"نہٕ۔"
"اگر یہ پوٗز آسہٕ ہے زِ تٔمس چھُ شکس دِتہٕ آمُت ۔ نتیلہٕ آسہٕ ہے
تحیرٕ وآژ مژتہٕ"

"سہٹا ممکن چھُ،" شہزادہ آندرے ییٚن ووٚن تہٕ پوٚک دروازس کُن۔
وٗتہٕ سُکھ تِمِس اکھ کھوٚد موٚہنوِیُس ژَل ژَل بیٚٹھکہِ منٛز ژاو تہٕ پھیٚرِن
درواز۔ ییٚلہِ دوہ پیٚیہِ شہزادن اوس زِیوٗٹھ کوٹھ لٲگِتھ تہٕ یہ اوس آسٹریاہُک
جرنیل۔ اَمِس اُسی کلس کرِتھ ہیٚنز رُمال گنٛڈِتھ تہٕ ماریاتھر ییسا تمہ
اوسُس نالے۔ شہزادہ آندرے ٹھٔہریو۔

"کمانڈرن چیف چھا ییٚتہٕ؟" جرنیلن پرٛژھ ژَل ژَل یُسہ اوس
وہکھنہ آوازہ منٛز جرمن بولان۔ تِمو وُچھ پانس اَندی کُنہ نظرتہٕ ٹھٔہریہٕ تہٕ
ووٚت آسے پوٚک پیٚریوٗٹھ کٔرِس کُن۔

"کمانڈرن چیف چھُ آورُ" کوزلاسکی ییٚن ووٚن۔ سُہ ووٚتھ ژَل ژَل
تہٕ روٗدآسٹریاہِکس جرنیلس نِشہِ

"کیاہ ناو وَنہٕ یہ اَندرہ؟"

دوہ پیٚیہِ جرنیلن وُچھ نیچہ نظرِ کوزلاسکی ییس ژنتہٕ سُہ حیران گوو زِ
کاشہ آسیایُس نہٕ مےٚ تہٕ زانان آسہٕ۔

"کمانڈرن چیف چھُ آورُ" کوزلاسکی ییٚن ووٚن ہیٚنہ نرمی سان۔

جرنیلن ژُرکرووُتھ۔ وُٹھ گاگس الاندی تہٕ وُژھکھ تھرٕ۔ تِمو کڈ
اکھ ڈایری، ہِپنسلہ ستی لیٚوکھن کیا نادِ تہٕ دِتِن سُہ ورق کوزلاسکی ییس
ژٕیتھ۔ اَمہِ پتہٕ گوو تیز تیز پکان دارِکُن تہٕ اَکِس کرسی بیٹھ بیہِتھ دِژن
کمرہٕ منٛزکِس تھرن کُن نظرا، ژنتہٕ پرٛژھان اوسکھ "توٚہی کیاز مےٚ
کُن وُچھان؟" اَمہِ پتہٕ تُل اَمی جرنیلن کلہٕ کھوٚد پہن تہٕ گردن تہٕ بیٹھہٕ
راوٕن پرووتھ کُن ژنتہٕ کینژہٕ وَنُن اوسُس۔ مگر یکدم زن ہیٚژن پانز
پانس ستی گنگرائے کرِنی تہٕ کڈن بدلے آواز یوس سُہ جلدے بند کرِن

پتہٕ یوٚر ٹھ کرُک دَروازٕ آدٕ مُژراوِتھ۔ تہٕ اَنیٚن گوٚ کٹوٗزوف پاۍ دِ۔ جرنالن تٕمِس کلٕس رومال گٔنڈِتھ آس۔ پۆک پتٕہ وۄنٕہ ٹھکُن۔ تہٕ کُتہِ بلا بیہِ نِشہِ ژلان اوس تہٕ ووت کٹوٗزوفس نِشہِ۔ زاوِی جوٚرنگو سٕتۍ اوس شہٕ وُژھِہ وُژھہ قدم تُلان۔

"یہِ چھُس بد نصیب ماک،" تٔمۍ ووٚن غمگین ہٕنٛزِ فرانٛسی پاٹھۍ۔

کٹوٗزوف روٗد دَروازٕ سیٚتۍ بیٹھ تہٕ تٔمۍ سٕندِس بُتھِس بیٹھ آیہِ نہٕ کانٛہہ تبدیلی بوزنہٕ۔ تٔمۍ بیتہٕ کھٔر تٔمۍ سٕندِس بُتھِس آیہِ گژھا بیہِ ہٕنٛزِ دِشہہ بیہٕ سیٚتۍ غایب گیہِ تہٕ تٔمۍ سُنٛد ڈیکہٕ گوٚ بیٚنبہِ صاف۔ تٔمۍ ووٚن مرود بیٚرتہٕ سان کَلہٕ، اُچھ کٔرِتھ بیند تہٕ ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ ژ دُون ماک پانس پتٕہ وۄنٕہ پتٕہ وۄنٕہ۔ دَروازٕ تھوٚوُن دِتھ۔

وونی تینوٚو زِ آسٹریا کہِ فوجہِ کِ شکٕس کھٔبٔنج افواہ پٔزٕ آس، ساری فوجن اوس المہٕ ہٕنٛزِ یار تُرٕ وٕشت۔ اُڈی سیٚتۍ گٔنٛڈُس مُنٛز آیہ ایڈجوٹنٹ حُکم پٔتھ اورٕ بوٚر سوزنہٕ۔ توٚن اوس زِ وونی اوس روٗسی فوجس مُقابلہٕ لگُن۔ یُس اوٚتانی نَہ سَے اوس۔

شہزادٕ آندرے اوس تٔمۍ کِس ایڈجوٹنٹو مَنٛز۔ یٔمِن فوجہِ چہِ عام کارکرٕدگی سٕتۍ دِلچسپی آس۔ ماک وُچھِتھ تہٕ تٔمۍ سٕنٛدِ ہارُنک بوٗزِتھ زون تٔمۍ زِ تہِ صیف مُہم چھیٚ ہارنہٕ آمٕژ۔ تٔمِس آیہ روٗسی فوجن ہٕنٛزٕ مُشکِل اُچھن تَل۔ تٔمۍ اوٚن نَظرِ تَل زِ وونی کیا چھُ فوجک نَقدیر تہٕ تٔمِن بکار بیتہٕ خاطرٕ کیا پٔزٕ تٔمِس کرُن ہٕنٛگہٕ تہٕ منگہٕ زَن گو شہٕ خوشِش زِ اَدٕ کیا ہم کٔبرٕ دٔدی آسٹریا والی آسے ہتا دیہٕ دِنہٕ۔ تہٕ وونی آسہٕ ہٕنٛزِ کھنٛڈس نانی روٗسہٕ کِ تہٕ فرانٛسہٕ کِ فوٗجہِ ٹھول

وُچھِنۍ۔ سُہ وو روفہٕ سٕندِ وقتہٕ بیٛٹھ گوٚ ڈیٛجہِ لٔدِتھ، مگر بوناپارٹہٕ سٹنز
آسس نہٕ تھٕ زِ خبر زِ سہ ما ییٚرِ رٗوسی فوجہِ کھوتہٕ طاقت ور۔ سینٛی اوس تہٕ
سُہ پینہٕ نِس ٹاٹھِس، ہیٖروسٹنز شِکس تہٕ وُچھنۍ ییٚژھان۔

ییٚمہٕ ووٚ۔ خیالو سِتۍ جوشہٕ ہیٚتھ تہٕ کیٚنژھا تنگ ہیٚتھ پیٚچھو تٔمۍ بیٚنہ
نِس کمرس منٛز لٔژ ھیٚتھ تاًرِس چیٛتھ۔ سُہ اوس دوہے تٔمِس لیکھان۔ وُٹس
منٛز سمکھیو سُہ بنس ونٛزکی بُس۔ بہ اوس تٔمِس کمر بوج۔ بیٚنبہ سمکھیو تٔمِس
گِنڈرُن دٔر زرکوف۔ ییٚم آسی ہیٚنکی پاٹھۍ اٚمہِ وِزِ تہٕ کیٚتھ تانۍ ٹھٔٹھس بیٚٹھ
اڈان۔ "تہٕ کھوٚ فکرِ ن سنیومُت؟" بنس وِزٕ لی ییٚن ییٚژھ شہزادِ آندرے یس
بیلہٕ تٔمۍ سُند لیوُدُر ہیٚتھ تہٕ چمکدار اٚچھو وُچھیٚن۔

"خوشی لایق تہٕ کیا سا چھُ؟" بالکانسکی ییٚن دِتُس جواب۔

ییٚتھے شہزادِ آندرے بنس ونٛزکی یس تہٕ زرکوفس سمٔکھ۔ ہورکیٚتہ بیٚیو
تٔمۍ نشہٕ سٔتراخ ہیٚتھ۔ بہ آسٹریاہُک جرنال اوس کٹوٗزوفہٕ سٗندِس
عملس منٛز۔ اٚمِس آس رٗوسی فوجس خوراک واتہٕ ناوٕنچ ذِمہٕ واری بیٚنہ
آوہا فکرہٕ یکسار ٹھنک میٚمبر یُس رانہ شامن آمت اوس۔ وُٹس منٛز اٚس
نٔریتہٕ ووٚتی افسرن سوٚسب کاٚنی جاے۔ زرکوفن لوٚم بنس ونٛزکی یس
نرِ ٹھیچ کرِتھ ہیٚتھ کُن تہٕ دِژن شانشہٕ ہٹیٚو کرٕ کھ۔

"ییٚمہٕ ہا چھُ اوِ ییکان۔۔۔۔۔ اُکیتھ کُن رُوزِو۔ ییٚمن نٔر اوٚدو جاے۔"

جرنالن تِکوپانس تھنبہِ گٔیی زِ تہٕ تٔمۍ سلام بوزِ نۍ گوہ بان اٚسس
گِنڈن گرِس زرکوفس پھوٚل بُتھس بیٚٹھ بیتقل اُسُن۔ یُس تٔمِس دیاون
تہٕ اوس تہٕ تگان۔

"عالی جناب" سہ پوٚک ییٚژ و تھٕ بیٚہن تہٕ دوٚن جرمنی پاٹھۍ ـــــ

آسٹریا ہکس جرنا ٔلس ۔ "یہِ چھُس جنابن مُبارک کران"۔ شہ تمیو تہٕ ہیٚنزن
کوٚ پاٹھی زنگہٕ وابتہٕ بیٚتھ تہٕ ڈانس ہیٚچھِن وآلی سٟری کرن ۔ ہا فکہٕ یکسار تھکو
نفرن کرٕ اُمِس ڈرنفاً ۔ مگر بیٚلہ ٕسہ وُچھِن یہ بیقل اُسِن زآنتھ مآ نتھ
ہیو کران ۔ تمِس لوٚگ تہٕ گرٕ کھشیجہٕ اُمِس کُن توجہ کرنس چارٕ سے ۔ اُچھِن
دِژن مُرن تہٕ ہیٚو ڈُن زِ سہ چھُ بوزان ۔

"عالی جناب ۔ یہِ چھُس مبارک کران زِ جرنا ٔل ماک چھُ آمُت ۔ چھُ
وارسے ، مگر بتیٚن چھُس چھو کہٕ ہتا"۔ تمی ووٚن اسان اسان کلس کُن اِشارٕ
کٔرِتھ ۔

جبرنا ٔلس کھٔژ دزٕ ہہ تہٕ ہورکُن پھیرِتھ لوٚگ وننہٕ ۔

"افوہ خوٚدایا ساہ کیٚشا چھُ"، شرارتہٕ سان کیٚنہٕ قدم کڈِتھ ووٚن تمی ۔

نتس وُنہٕ کی اوس اُسی اُسی کھٹان تہٕ تمی نظاوٕ تہٕ آندرسے بٔس
بھیٚبکس بیٚتھ ۔ مگر شہزادِ آندرسے لیٚنڈ ریو وارسے ۔ اُمِس دِتُن زِ کھِ
سان دکہٕ تہٕ بھیوٚر زرکوفس کُن ۔ ماک وُچھتھ تہٕ تمی ہٕنزِ شکلس کھینچ خبر
بوٚزِتھ یہِ سہٕ ہرا گیت ۔ گی تمِس گمژٕ اُس ۔ سوٚ وژایہٕ تمہٕ شرارتہٕ زنگی شنی
بُس زرکوفہٕ سِنزِ مخولہٕ سیتی تمِس کھوٚت شرارتھ کھوٚتس ہتا امہٕ رٔنی
زِ تمِس اُس روٗسی فوجہ کہٕ تقدیرِ ہُج فِکرٕ ۔

"حضرت ! اگر توٚہی مسخرٕ بنِتھ چھو پزٕھان ۔ عاٗشس کرِتھ یُتو ۔
پوٚز اگر ڈبارٕ ہمے تھی ٹُستہٕ کرنک حُبرتھ کرِو ، تیلہٕ ہیٚچھ ناوو یہ
پانے "، تمی ووٚن شرارتہٕ سان ۔

ننس وُنہٕ کی تہٕ زرکوف گئے یہ وولُن وُچھتھ رٔہتھ ۔ تموٚ گنڈ اُچھِ
مُژرِ آوتھ بالکانسکی ہس مدسے ۔

"ووٚنی کیا گو! سیٚ کوٚر تیمن صرف مبارک۔" زرکوفن ووٚن۔

"یہ چھُسے نہٕ مخول کران۔ دَم کرٕ۔" بالکانسکی ینٛ ڈرٕ کرٕ کھ تہٕ تنس وٕنکی
بیٚس نیرِ کھٕچھ کرِتھ ژوٚل۔ زرکوفس پھوٚر نہٕ جوابے۔

"ٹھیکھ۔ ووٚنی کیا گو۔" تنس وِزکی ینٛ ووٚن اُمس دِل تسلی کران۔

"کیا گو۔" شہزادٕ آندرے ینٛ ووٚن۔ سُہ اوس زنتہٕ جوشہٕ سیتی گنڈتہٕ
آمُت۔ "اُسہِ پیٚیہ زانُن زِ یا نہٕ چھِ اُسی افسر۔ ہیم ژرٕ پِشنز توکری کران چھِ۔
تہٕ بیٚییہِ پِٹنٕ مُلکچ خدمتھ کران چھِ بیہتری کامیابی ییٚہ چھِ اُسی خوشی گژھان
تہٕ یہتری ناکامی ییٚہ چھِ اُسی غم کھیوان۔ اگر یہ نہٕ چھِ۔ تیٚلِہ چھِ اُسی کرٕ ابہٕ
کنھ۔ ییمن نہٕ ماٚلکہ پِشنزِ کامہِ سیتی کانہہ دلچسپی چھیٚہ۔ ژینجی ساس فوجی
آے کنزاونہٕ سائین مددگارن ہُند فوج گو ماہ۔ تہٕ توہی چھو وم اَکھ تنز
اسان۔" تمو ووٚن فرانسی پاٹھ زنتہٕ تمہِ سیتی تمہِ پِشنزِ کتھِ وزن ہُرہے۔

"یہِ شوٚبہٕ تمو سیٚ نابکارس یُس ژ سیٚتے دوس چھُتھن بنو وُمُت۔ ژ سیٚ نہٕ
کیٚنہہ۔ ییتھیٚن مخولن ییٚتھ ہیٚکن مدرسس شُرِ بوت اُسِتھ۔" شہزادٕ
آندرے ینٛ وٚنی یہن روٗسی پاٹھ مگر فرانسی لہجس منز۔ تمو وُچھ زرکوف
بوزان تہٕ پزار یو زِ یہِ رسالہٕ افسر ما دِیہ جواب۔ مگر سُہ پھیوٚر ہو رکھن تہٕ
ژوٚل وُہہ منزٕ نیبر۔

# ۴

رِسالہٕ فوجچ پاولوگاڈسکی رجیمنٹ آس بڑانادِ بیٹھہٕ نٕہ میل دوٗر ٹھہرِتھ۔ یِتھ سکاڈرانس نِکولاے روستوف علم بردار اوس۔ سُہ اوس اکس جبہٕ مینٕہ گامس سالترِ نیکس منٛز، لکن ہتہٕ بٕن گرٕن منٛز کُھہراوِتہٕ آمُت سکاڈرانگ کمانڈر اوس ڈینی سوف۔ تٕمس آسہِ سارٕی واسکاڈینی سوف وَنان۔ گامُک سارِے کھیٚنہٕ رُت گرٕ اوس تٕمی سیٚٹہٕ حِصہٕ آمُت۔ علم بردار روستوف اوس اٚمی سیٚتی روزان۔ بیتہٕ بیٚٹھہٕ سٕہ پولینڈ اکھ رجیمنٹ سیٚتی ربو مٕت اوس۔

اَٹھِمہِ اکتوبرٕ[1] آس ماک سِتہِ مشکَس کھیٚنچ خبر یوٗزِتھ ہیڈکواٹرس بیٚٹھ وولہٕ ہرِ شش وُژھہِ ہِتر۔ مگر اَمہِ سکاڈرانکی افسر آسی اَمہِ دوہ ہیٚنہٕ دوہ ہہٕ دُشی ہندی یاکھی۔

ڈینی سوف اوس ناسَس سٕتی راتھ گُذاران تہٕ وُنہِ اوس نٕہ گرِ آمہٕ تُیٚیتہِ وِدِ روستوف سُلی گاسُک اِنتظام کرِتھ واپَس پھیوٗر۔ روستوق اوس علم بردٲری ہشرِوردی لاگِتھ۔ سُہ یوٗک ہیبرِ ناگی گرِس زیرٕ ہنادِتھ۔ تہٕ تراوٕن باوُن منٛزِ سان زنگہٕ الانزٕ۔ گرِ کھشجِ رُود زینہٕ سیٚ بیٚٹھ زِنتہٕ وسہٕ نَس دوٕ ندٕ اوسُس نہٕ بوان۔ اَمہِ پتہٕ تراوُن دوٕسُھ تہٕ دِتُن ارڈرس آکو۔

"ہے بوٗندارِ نِکو۔ جگرٕ گوشا،" تٕمی وُن رِسالہٕ کِس سیپاہیس یُس کلہٕ کنِہ دوٕران گرِس نِشہِ آو۔ "یہِ کٕتھ ناوُن سا یارا ادٕ پیوٗر قدم،" تٕمی وُن۔ نوجوان آیہٕ براڈری تہٕ دِلبری ہاوِتھ۔

[1] بٕیٚبِس کِتابہِ منٛز چھہٕ گُہمہِ اکتوبر لیکھِتھ

"اچھا عالی جناب!" اُمی جوان رٕدسی یِن ووٚن خوش تہ شال کلہٕ گٕلہٕ وان۔

"خیال تھاوِو زِ قدم کڈٕ تاوِ زین وارٕ پٲٹھۍ۔

رسالک۔ بیا کھ سِپاہ تہٕ دور یوگرہِ رُس کُن۔ مگر بوٚندار تکو ہٕن اُس

بڑو نٕہٕژھے لاکُم رٕ ٹھینز۔

اَمہِ نلہٕ اوس صاف ننان زِ علم بر دار اوس سیٹھاہ بجتاٲ بیشِم دِوان۔

تہٕ اُمس خدمتہ کرنہٕ ستی اوس فائدٕ واتان۔ روستوفن وِژٕ گرِ گُس

گردنہٕ ژھٕجہِ ہٕتا تہٕ پیتہٕ لُیشتس تہٕ۔ اَمہِ پیتہٕ یوٚک ہیرِ کُن۔

"واہ! واہ! کیا گُرِ ہُن بَنہٕ یہ۔" تٔمی ووٚن پاگِز پانس ستی وُٹھ

کُمِلاوِ وِتھ تہٕ کرنلہِ ٹھپھ کٔرتھ کھوٚنت سۆ میتھل بوٚہ ستی کھٹی ٹھک

کران ہیرِ بینٹس حیر منہٕ سٕشد گرِ یہ کٕٹھر سٕتھ اوس۔ تٔمی دِژٕ گاہٕ دارِ

کِنز نظر۔ شہ اوس چِھری سدری لاگتھ۔ تٔمی دار ٹوپی دِتھ، بھیٚہ ہر ستی

گہٕ وتان۔ حیرہ مُتی بیٚنٕھے روٚستوف وُچھ نَس شۆ یو بُتھ۔ تٔمی کوٚر

خوش دِلہٕ اُسنا تہٕ بیٚسبہٕ کٔرِن اَچھ تا وُٹھ۔ "سلام، سلامہِ" شہ اوس

اُمس سلامہٕ کران تہٕ امہِ ستی اوس سُہ باسان خوش گرٕ ھالان۔

"لاگی مِٹرِ کام؟" روستوفن وٕ ننس خوش بُتھِ۔ وُٹھُن بیٹھ

اوس سٕے برادری ہُشداسُن۔ "آسٹریا ہٕکی لُکھ۔ زندا باد، رٕو سکی

لُکھ زندا باد۔ شہنشاہ الیگزنڈر زندا باد۔" تٔمی دِوٕ ژھٕمے ناٚرٕ یم

جرمنی دوال آسی جرمنی لُوگ اَسِنہٕ۔ گاہٕ مِٹرِ آد ہنرِ تھ، ٹوٚپی

تُنجِنہِ ٹھوٚد تہٕ کلہٕ بینٹھی کلہٕ وان دِژٕہٕن کٔرکھ۔

"تہٕ سوٚرسے دُنیا، زندا باد۔"

روستوفن تہٕ کٔلہِ تاو کلہٕ بینٹھی ٹوٚپی تہٕ بھٕجلہٕ چھہ بُتھِ دِتِن ناٚرٕ"۔

سونے ڈنیا ۔ زندآباد ۔" اگر بوزو تہٕ بیچھہٕ پاٹھی آس نہٕ اٙمِس جرمنن سٕندِ خاطرٕ خوشی ہُنٕز کانہہ کتھا ۔ یُس گان صاف کران اوس تہٕ نہٕ آس روسنوٚ سٕندِ خاطرٕ ۔ یُس صحائے بگٕہ ہائے گاسہٕ ژھانڈنہٕ اوس دٕراسُت ۔ یمو دوہٕ ڈبی گنڈ پھولہٕ وِتہٕ دِلہٕ اکھ اٙرس بارٕ مایہٕ ستی مدٕسے تہٕ امہٕ پتہٕ دٕراسے پانس پانس ۔ جرمنو دٕراو گانس کُنی روستوف اکھ مکانس کُن یمہٕ سٕہ ڈبی سوفس ستی روزان اوس۔

"مالکھ کتہٕ چھیٚ؟" تٔمی پرٕژھ ڈبی سوفہٕ سٕندِس خاص خدمتگارٕ لوٚرنشکاہس ۔ یُس سارِ سے رجمینٹس منٕز بدماشن ناوٕ مشہور اوس ۔

"زم جناب آسے نہٕ کالہٕ بیٹھ گرٕ" تٔمی آسہٕ ضرور ہورٕمُت ۔" لوٚرنشکاہن وُنٔت جواب ۔ "وونی چھیٚ ستےٚ بیٚرٕ ئن پیٚچھ ہٕنٕز ۔ اگر سٕہ زیٚنہٕ تیلہٕ بیٚہ سٕہ ئُن بخ تخٕبکیہٕ سُلی واپس ۔ اگر صُبحُن تام آوِ سے نہٕ تیلہٕ گوٚ زِ ہورمُت چھُس تہٕ ووٚنی بیہٕ اوٚرٕ شرارتہٕ ہوٚت ..... کٲفی مانٔہ ۔"

"آن ۔ آن ۔"

دٕہ منٹ گٔرٕ چھتہٕ آو لوٚرنشکا کٲفی ہیتھ ۔

"یکان چھُ ۔ آبہٕ کیا شیتھہ ۔" تٔمی ووٚن ۔

روستوفن دِژ دارٕ کِتھ نظر تہٕ وُچھُن ڈبی سوف گرٕ یوان ۔ ڈبی سوف اوس لوکُٹ لوکُٹ ۔ ووٚہ زُل ئُنٕہ ، شولہٕ وِتہٕ کٔرٕ ہیٚتٕ اٙچھ تہٕ مَس پریشان کٔرِتھ ۔ تٔمس اٙس بٹنو وٕراے کھُلہٕ قمیض لاگِتھ تہٕ پیٚیہٕ گیشہٕ دار سفید ننگ پیزار ۔ نالہٕ پیٚتھ کُن اٙسِس فوجی ڈبی ہیتھ ٹیٚٹ گٔنٕڑ اٙسِس ۔ کلہٕ بون کُن ترٕاوِتھ ، غمگین پاٹھی ووت سٕہ ہیٚرِ نِش ۔

"لوٚرنشکا" تٔمی دِژ ژکھ سان زورٕ کٔرٕ کھ ۔" بیوقوفہٕ ۔ ولہٕ رکابہٕ ۔"

"ر" اوس سٕہ پھیپھر سان زیٚو کڈان۔

"جناب ہیوٚتم تلُن" یوٗر شکا سٕنز آواز آیہ۔

"اوہوتہٕ چھکھ سُلی وۄتھمُت" ڈینی سوفن ووٚن کمرس منٛز وآتِتھ۔

"سُلی!" روستوفن دِتُت جواب۔ "بہٕ آس سُلی گاسہٕ ژھانٛڈِ کھنہٕ تہٕ

اُکھتے وَ پھیم ترٛالین ماتِلدی۔"

"یزی! بہٕ یارٕ اوسُس رانٛس ہوران۔ ہونہٕ بچہٕ سٕندی پاٹھی۔" ڈینی سوفن

ووٚن بیٚیہ "ر" نیٚنگلاوان۔ "تاوَن ہسا، بہٕ گوٚ ناوَن، ژٕ تہٕ دۄاکھ نہٕ میٚے

تہٕ ہیوٚت ہورُن۔۔ ہے چاے اَن سا۔"

ڈینی سوفن چور بُتھِ زَنتہٕ اسان اوس۔ نکی نکی مضبوط دَنٛد دراس تِمی

تہٕ ہیوٚتُن زھعو چوٗ زھو چوٗ اوٗنگجو سٟتی مَنتَس کنگو، وُتِھ بیتھ جنٛگل گومُت

اوسُس۔

"شیطان چھوٚرُم نہٕ گوس تِمس گگہٕ نشس۔" تِمہ ووٚن تہٕ دِتُن بُمن

تہٕ ڈیکس پھَش۔ گگراس اکِس اَفسرس ریٚیزھ۔ "نا خیال کر، اکھ پوٚٹ

ترٛووٕ نہٕ تِمی میٚے۔ اَکھ تہٕ نسا، اَکھ نیٚتہٕ۔" ڈینی سوفن رٹ پاپیٛ لمبہٕ سٟ

نیوٚ نگل کھاوِ تھ تِمس بلہٕ ناوِ کھ۔ تیٚمہٕ چھکہٕ راوان دِژہٕن اَکھ بیتھرِ س

سٟتی دِتَن تہٕ گوٚ کرٛکہٕ دِوان۔

تِمی چھکہٕ راوِ تیٚمہٕ۔ پاپ کُھٹہٕ راوٚن تہٕ دِژہٕن داآرِتھ۔ رٛژھ ہَنا

کوٚرن فرار تہٕ چمکدار اُچھو دِژہٕن روستوفس کُن نظر۔

"واے زنانہٕ آسہٕ ہَن بیٚنہٕ کُنہٕ۔ نتھ چھے تہٕ چیٚنہٕ وراے بیٚنہٕ

کاہسے کیٚنہٕ۔ وُنی ہے جنٛگے لگہٕ ہے چل چَل ۔۔۔۔ ہیوٚکُس چھوٗ۔"

تٔمی دٔرِ دَروازَس کُن نظر تہٕ گٔیِس گوبہِ مینجل بوٗ ہٕیچ ٹھک ٹھکچ آواز کنَن۔
یہِ سپٕد یکدم بند گیئہ۔ تتھٕ ےسنی آیہِ ژاسہِ ہشر آواز۔

"سارجنٹ" لوٕرٕ شکاہن ووٚن، نہٕ ڈیہنی سوفن ژ کرِو وارے یُتھٕ۔

"خوش ہیتھ۔" تمی ووٚن تہٕ دِتُن بُٹوٕ بیٚھ پُھر دار کِتھ، یتھٕ منزٕ واریاہ سوہٕ ستدی پوتسہٕ آسی۔" روستوف! گنٹزراو سآ یارا رُدِ کیبِنہٕ اکھ منزٕ بُٹوٕ کھاوِی زِ بیٚنہٕ تشاندس تل۔" یہِ ووٚنُن تہٕ دڑاو سارجنٹس نِشہِ۔ روستوفن سوٚمبراو یہِ رقم تہٕ نوِی تہٕ پرٛانی سوہٕ ستدی پوتسہٕ الگ الگ ڈیرس کرِتھ ہیٚتی گنٹزراوِنی۔

"اوہو! تلیاین! یہِ ہا کھوٚو ہس رالنہٕ صاف کرِتھ۔" تٔمی یوٗز دوٚیمہِ کمرٕ منزٕ ڈیہنی سوفہٕ ستٕر آواز۔ "کتیٚو' یا کوفہٕ ستدِ ہا۔ تٔمی سے گگرٕ ستدِ ہا سٔے ہا آس تیٚر۔" زآوِج آواز آیہِ تہٕ بیٚنہٕ ژاو اوٕ بہٕ شدسکاڈرانک لیفٹننٹ تلیاین۔

روستوفن کھوٚو بُٹوٕ تشاندس تل تہٕ کرٕن اُدرِس لوکُٹس اکھس ستی دسیوٚ سی ٹیس اُمی دورٕ مُت اوسہٕ نٔس۔ تلیاین اوس خبر کیاز تمہِ ورٕ گاڈ فوجہِ منزٕ تبدیل کرنہٕ آمُت ییٚلہِ رجمنٹ ہیٚرن واجبی آسہِ۔ سہٕ اوس رجمنٹہٕ منز جان پاٹھٕ پوٚکمُت۔ مگر تہٕ اوس نہ کانہہ خوش۔ روستوفس اوس سہٕ زیادے کھران۔ سہٕ اوس تہٕ ہنگہٕ تہٕ منگج نفرتھ کھُٹِتھ تہٕ ہیکان تھاوتھ۔

"وَن سا ہے رسالہٕ دارا، میٚون رُک کیٚتھ چھُے پکان۔" روستوفن پرٛژھ نس۔ (رُک اوس سوارِ گرٕ ٹُس۔ تلیاینن روستوفس کُنہٕ مُت اوس)۔ لیفٹننٹ اوس اٚمِس ستی کتھ کران۔ مگر بُتھِس کُن وُچھنہٕ ورآسے۔

بیہٕتھ آلمہٕ تیلہٕ اوسُس خطرٕ زِ سُہ فرانسک فوج ما پیٚیہِ ہِس بُتھہٕ یُس وینا کِس
کَرُس نوٗرمُنت اوس۔ اگر نہٕ گیٚوس تیلہٕ اوسُس سوٗرُے ڈبرٕ ڈگرٕ تہٕ خیمہٕ
خرگاہ بہ ڈٕیی زِ نہٕ اٹھٕ بارِ سِتھٕ وَنی دُشمنس سٍتیٖ جنگ لڑُن۔ تِمِس دُشمنس
ییٚمِس اَمی سٍند تَرٕ ٹیے گیہٕ فوج اوس تہٕ یُس ڈُبا سے زور آور اوس۔
کٹوزوفن کوٚر یی کرنک فاصلہٕ۔

جوٗ سوٗسن دِژ خبرٕ زِ فرانسکی فوجن چھُ دُری باوٕ نٕرِ تھہٕ تیم کُن تیز تیز
قدم تُلمُت۔ بہ جاے اَمِس کٹوزوفس دِتہٕ مشرٕ بوان تہٕ اَتہٕ بیٚتھ اَمِس
سیلہٕ ہتھا دوٗر۔ فوج بچاونک کُنے طریقہٕ اوس دُشمنس برٕونٹھ تیم واتُن
اگر فرانسہٕ کین گوڈٕ تیم واتہٕ تنک موقہٕ سیلہٕ ہے، تیلہٕ لگہٕ ہے روسی فوج
تِمنے کُنی واوٕ گلِن بِتھٕ کُنی آسٹریایک فوج اَلمہٕ لجو۔ مگر سوٗرُے فوج سِتھٕ
فرانسہٕ کین برٕونٹھ نوٚن واتُن اوس محال۔ فرانسہٕ کہِ فوجِچ وینا بیٚتھ واتہٕ ہیچ
وَکھ اَمِس روٗسی فوجہِ چہ کرٕ ییمہٕ بیٚتھ تیم واتہٕ ہیچہٕ وَتہٕ کھو نہٕ واریاہ لیٚتھ۔

ییٚمہِ دوٚہہ یہ خبرٕ واژ۔ کٹوزوفن سوٗزٕ بگراژیونس سٍتیٖ ژٕ ہ ن
ساسن سپاہن ہنٛز اکھ جماتھ۔ ہیمن اوس تمہٕ سڑکہِ پٮ۪کُن یوسہٕ کرٕ ییمہٕ
بیٚتھہٕ تیم گرٕ ژھان آس تہٕ بُتھہٕ اوسکھ تمہ سڑکہِ پیٚٹھ واتُن یوسہٕ تیم بیٚتھٕ
وینا گژھان آس۔ بگراژیونس اوس فورن مارٕچ کرُن تہٕ بُتھہٕ اَکس تزہٕ ٹھ
جایہِ ڈبرٕ دِیُن ییٚتِ تِمس وینا کُن بُتھہٕ تہٕ تیم کُن کنفرروز ہے۔ اگر سُہ
فرانسہ کین برٕونٹھ اوٚت واتہٕ ہے، تیلہٕ آس تِمس توٚتانی دُشمنس دَتھ
رٹنیٚو یوتانی تِمس پلہٕ ہے۔ کٹوزوف اوس پانہٕ نہٕ سوٗرُے خیمہٕ خرگاہ
ہیٚتھہٕ تیم کُن بیٚنرُن وول۔

بگراژیوٗن پوٚک بوچھہِ ہیٚتھ تہٕ ننہٕ واری سپاہ ہیتھہٕ راتھ گیٚیت

پَتھر ناعجی میل۔ موسم اوس طوٗفانی تہٕ بالو پیٹھ اوس شیٖن پیمتہٕ تہٕ وَنہٕ کینہٕ آس۔
فوٗجک تر بہیم حصہٕ وتی زاوراوِتھ ووت سۄہ ہولا برون۔ یہٕ جاے آس وپتا بنیم
سٹرکہِ پیٹھ۔ بگرازیون ووت تِمہٕ فرانسکہِ فوجہٕ برونٛہہ ہولا برون یُس وپتا
پیٹھ اَدٕری کٔن پکان اوس۔ کٹوٗزوفس لگہٕ ہَن پَنٕنہٕ سورُے ساماہٕ ہیتھ اوٚت
واتہٕ نَس زٕ دوہ گٔنٛہٕ۔ بگرازیونس اوس ییتِس کانٕس پَنٕن شوٗکت تہٕ زھیوٗنمت
فوج دُشمنَس بُتھہِ دیٖن۔ یہٕ اوس محال مگر قسمتکی اَکی تماشہٕ بنوو یہٕ مُمکن۔ مُرات
یُس تہٕ لہ اِزماوِتھ وپتا کٔدنَس توٗرمُت اوس۔ سُے تماشہٕ ہیوٗت تِمہٕ کٹوٗزوفس
پیٹھ اِزماوُن۔ مُراتن بیٖلہِ بگرازیون سٕند کم تہٕ کمزور فوج وُچھ۔ تَس گیٚیہِ رأے
کٹوٗزوفہٕ سٕند سورُے فوج آسہِ یِوٗ ہوٚے۔ ییمَن یِتم لِنہٕ موٗنڈ کرنہٕ خاطرٕ زون
تِمہٕ بہتَرنَس وپتا پیٹھ بیہِ واٹِس باقیہٕ فوجِس پرارُن مُناسِب۔ اَدٕ کیٚژ کرٕ تِمہٕ ترٕ ہن
دوہن جنگ بند کرنٕچ تجویز۔ شرط اوس زِ کانٛسہٕ فوج گژھہِ نہٕ پننہِ جایہِ
ڈُلُن۔ مُراتن کوٚر تصدیق زِ اَمن کتھ یا کھ چھپے چاپان ییمہٕ جنگ بندی ہٕنٛد مطلب
چھُ بے سوٗدکترِ بتِرنِشہٕ بچُن۔ آسٹریاہُک جرنال ناسٹیٹس اوس برونٛہہ ٹھ میٖن
محاذن پیٹھ۔ تِمس پیٹھ مُرانٕہ سٕندین قاصدن ہِشر کتھ تہٕ سہٕ دراو تِمہٕ پیٹھہٕ کُنٛ
آو بگرازیون سٕند فوج دُشمنہٕ سٕندس زدس تل۔ باقیہٕ قاصید دورے
سیٚزے کُنٛ ترین دوہن ہِشر جنگ بندی ہشر تہٕ اعُن کتھ باکھہِ ہِشر شیٖچھ
ہیٚتھ روٗسی فوجس کُن۔ بگرازیونَن ووٚن زِ شہِ ہیکہِ یہ جنگ بندی منظوٗر
کرِتھ تہٕ نہٕ ہیکہٕ نامنظوٗر کرِتھ۔ یہٕ خبر سوٗز تِمہٕ کٹوٗزوفس۔
جنگ بندی آس گٔنی وَنہٕ ییمہٕ سٕتی کٹوٗزوفس فُرصتھ میلہِ سے۔
بگرازیون سٕند شوٗکمُت تہٕ زھیوٗنمُت فوج دَم ہیٚتھ ہیکہِ سے۔
سوارِ تہٕ گوٚب ساماہٕ (ییٚمیچ تہٕ فرانسس خبرے آس) برونٛہہ گژھتھ ہیکہِ سے۔

جنگ بندی سۭتۍ اوس فوج بچاونک سُہ طریقہٕ اختیار آمُت، یمیٚک بۆ کانسہِ اوٚتام توقع ہے اوس ۔ یمِیٚ بہِ شیٚچھ واتِھ کُٹوٗ، زوفن سوز پنٕن جنرال وِیرن جیروڈ دُشمنہٕ سُندِس کیمپس منٛز ۔ وِیرن جیروڈس آو جنگ بندی سۭتۍ مٲہدٕکۍ شرط طے کرنک اختیار دِنہٕ۔ سۭتۍ سوزی کُٹوٗ زوفن سارۍ ایڈجوٹنٹ یِمن تِم سارے فوجک سامانہٕ تہٕ سوار تیز تیز پکنہٕ تاکیدٕ کرِتھ یِم سڑکہِ پیٹھ وانہٕ ہٮ۪ن ۔ دُشمنہٕ سُندِس فوجس اوس صرف بگراژیون سُندِس ٹھکہٕ تِنس فوجس روزُن یِتھ تہٕ تِمن باقی فوجس تہٕ سامانس کُن ظلون گژھِ ہے ۔ دُشمنہٕ سُند فوج اوس بگراژیونہٕ سُندِ فوجہِ آسۍ ٹھہِ گژھِنہٕ ۔

کُٹوٗ زوف سُند انداز دراو ٹھیکھ ۔ مٲہدٕ موجوٗب آسہٕ تِمس پیٹھ کانہہ پابندی روزان نس اوس جلدی پٲنٕن فوج نیِتھ وانہٕ تاوٕنک موقع میلان ۔ تہٕ مُراتہٕ سُنز غلطی آس تمۍ ۔ بوناپاٹ اوس ہولا برون پیٹھ پیٚنژہ میل دوٗر شان برُون ۔ یمِیٚ تِمس جنگ بندی تہٕ امن مٲہدٕس مُتعلق مُراتہٕ سُنز چِٹھِ واتِھ تِمس تورِ فِکرِ زِ کام چھےٚ گیمٕژ غلط ۔ تِم سوز توٚر مُراتس یہِ چِٹھی :

شہزادہ مُراتہٕ سُند ناو :

شان برُون

۲۵ نومبر ۱۸۰۵ء

صُبحِچہ آٹھ بجے

" مےٚ چھےٚنہٕ تِمہ لفظے یِمن منٛز بہٕ ژےٚ پیٹھ پننۍ ناراضگی باوہا ۔ ژٕ چھکھ فقط برونٛٹھِ مہِ کِنۍ ہُند کمانڈر ۔ ژےٚ چھےٚ نہٕ میثانہِ

حُکمہٕ ورٲسے جَنگ بُنٛدی کرٕنۍ کانٛہہ تہِ حق واتان۔ ژٕھکھ میٚۓ اکہِ مُہِمہِ ہُنٛد کامیاب نتیجہِ حاصل کرٕنہٕ نِشہِ اَکھہٕ ژھیلہٕ نا وان۔ فورن ژُھپٹہِ راو جنگ بُنٛدی تہٕ دُشمنَس بیٚیہٕ کرٕ حملہٕ۔ ژٕ دِیہ تِمَن زِٹیمہِ رٔوسی جیٚرناعٔلن اَکھ بیٚیہ دسخط کرٕی مِتہٕ چِھہِ تِمَس اوسہٕ اِختیار سے۔ یہِ ہیٚکہِ ہے صرِف شہنشاہ کرِتھ۔

دوٚن بیٚیلہِ زانٛہہ رٔوسک شہنشاہ اَکھ منظوٗر کرِ بیٚیلہِ آسہِ ہیٚۓ نہِ یہِ قوٗبول۔ یہِ چھُ اُلٹی تماشہِ۔ حملہٕ کرنہٕ رٔوسی فوجس کڑ پاسہٕ۔ ژٕ ہیٚکِکھ تِمَن سوٗرسے سامانہٕ تہٕ توپہ خانہٕ مُہتھ نِتھ۔

رٔوسہٕ کِس شہنشاہ سُنٛد اپڑی کانٛگ چھُ . . . . . . . .

افسرن بیٚیلہٕ تہٕ اختیارسے آسہِ تِمہٕ نوٗن تہٕ کہٕں۔ آسٹریا کیو کھیٚوددکھ تہٕ کڈٕل گوکھ اکھہٕ۔ ژٕ چھکھ شہنشاہ سُنٛدِس اَکِس اپڑی گانٛگہٕ سُنٛد اکھہٕ دوکھہٕ کھیٚوان . . . . . . . . . . . . . . . . . .”

نیپولین

بونا پارٹ سُنٛد اپڑ جوٗٹنٹ گو فٹوفٹ بہِ خوفناکھ چِھٹھی ہیٚتھ مُرانٛس نِش۔ تِمہِ کرٕ تہٕ پیٚنہٕ تیٚن جیٚرناعٔلن پٔرِھسے تہٕ دڑاو پانٛسے محاذس کُن۔ پنٛنہٕ ذاتی فوجی محافظ فوجی ٹلِن سٔتی۔ یٔپارِ اوس بگراژیوٗن سُنٛد فوج وارہٕ ہہٕ کالی دٔدہ تارہٕ نارِ الاوازٲلِتھ پان دُشمناوان تہٕ کھیٚن چیٚن کران کانٛسہِ اوس نہٕ یہِ ظوٗن گومُت تہٕ نہ خابی آمُت زِ یہٕ بندِس نصیٖبس کیاہ چھُ لیکھنتھ

# ۱۵

شہزادٕ آندرے ییٚن آس نہٕ کُٹوزوفس کھٕنچھے نُچھ مژ۔ دِگرِ چہٕ ژورِ بجہِ
بژو ژھٕٹے ووت سُہ گرٛؤ نتے تہٕ رلیوو بگراژیونس سٕتی۔ یونا پاٹھٕ سُٹد
ایڈ جوٹنٹ اوسُس نہٕ وُنہِ مرانس نِشہِ وو تمٕت تہٕ لڑائے آس نہٕ وُنہِ لٔجۍ مژ۔
بگراژیونہٕ سٕندِس فوجس آس نہٕ وُنہِ خبرٕے زِ حالاتھ کیا چھِ۔ تِم آسی امنیچہِ
کتھہٕ کران مگر اَتھ بیٹھ آسکھ نہٕ پٔزھ کیٚنہہٕ۔ تِم آسی لڑایہِ ہٕنزٕ کتھٕ کران۔ مگر
یِہ نہِ اوسُکھ نہٕ بیٚہان زِ لڑائے سَپدِ سیٹھا جلدٕے۔

بگراژیونس آس خبر زِ شہزادٕ آندرے چھُ خاص تہٕ سوتبر ایڈ جوٹنٹ۔
امہِ کِنہٕ آو سُہ اَمِس خاص ۔ شفیق تہٕ میٚہربان کمانڈرٕ سٕندی پاٹھی پیش۔
تٔمہ دوٚپ تٔمِس زِ جنگ چھُ دوہس دون دوہَن منٛز لگن وول۔ تٔمِس
کھوُن اِجازتھ زِ سُہ اگر یژھہِ سُہ ہیٚکہِ کمانڈرس لرِ لوٚر رٕوتھ نتہٕ
خوشی کرہس تتھ بَلہِ ہیٚکہِ سُہ پوٚت پکھہِ گژھتھ تہٕ یتھ بنبرٕ نہٕ کیٚن اِنتظامن
نظر تھاوِتھ۔ نہِ کیا زِ یِہ نہِ اوس سیٹھا اہم۔

"اَز چھُنہٕ باسان لڑائے کیا لگہِ۔" بگراژیوٚنَن وون شہزادٕ آندرے کِس۔
زَنتہٕ سُہ تٔمِس دل اوسُس یژھان دٕراوُن۔

بگراژیوٚنَن سوٚنٛچ زِ آسے اَمِس نہِ عام عملہٕ کیٚن افسرن ہندی
پاٹھی صرف تتھ غم زیٚنہٕ یُچ فکرِ تتہِ گژھی نٔ پوٚت پکھہِ۔ نتہٕ پٔزی کتھ
کیٚنہہٕ کرُن آسیٚس تتہِ روزِ میٚہ سٕتی۔ شہزادٕ آندرے ییٚن ذہنیت نہٕ
کیٚنہہٕ جواب یسہٕ کھوتہٕ گوُس تہٕ ڈراو فوجس اَندی اَندی چکرٕ دِنہٕ۔

بُتھ زَن تِمس نظرِ تَل روزِ ہے زِ کتہٕ کیا چھُ۔ تہٕ اگر شیٚچھ خبر ہیٚتھ گژھن پیٚیہٕ

ہیٚیس، جَل جَل وانہٕ ہے۔

اکھ مارٕی ہوٗند تہٕ سٹھاہ رٕت پوشاکھ لاگِتھ وول افسر آو ناد دِتھ انہٕ۔

"اٰمِس اٰسِس انقس الماگسہٕ دار و آجی لاگتھ۔"

فرآشہن اوس غلطی مگر پژھِ سان بولان۔ یہِ دِتھکھ شہزادٕ آندرے بَس عتی۔

یِرکھ اندٕ وُچھی ہِیمو افسرے افسر۔ تِم آسی بُتھی الانٛدی ترٛاوِتھ زَنتہٕ

خبر کیا ژھانڈان آسی۔ سپاہ آسی گامہٕ کیٚن دروازٕ ییٚٹھ، بنجِہ کھشِجِہ تہٕ کاٹھ کر

پژآٹی پژآٹی انان۔

سٹاف افسرن وٗن ہیمن کُن اشارٕ ہاوِتھ "ییٚتہٕ چھہٕ اٰسی ہیٚکان

ہیم گشتڑ رٹِتھ۔ بٹہٕ ہٕندی کمپنی کمانڈر چھِ ہیمن یلہٕ ترٛاوان، وُچھ ہپارٕی

تِمی ہوو اٰکِس کنٹینہٕ والِس کُن۔" اتی چھِ ہیم سمان تہٕ بیہان۔ صُبحن ژھیٚم

ساری کڈِتھ۔ وُنکین چھی بیٚیہٕ سیٚمتھ آمتی۔ یہٕ گژھے تہٕ ژھنکھ ہیم بیٚیہٕ

ہکہٕ دِتھ۔"

ولہٕ بکہٕ وٹہٕ گژھو۔ یہٕ انہٕ اکھتے کینٹہٕ ژوٹ تہٕ ژامن۔" شہزاد

آندرے بن دوٚن۔ تِمس اٰس تہٕ وُنہٕ کینٹہٕ کھینس فُرصتھے آمژ۔

"شہزادٕ ژ ییٚتے کیازِ وو نُتھ تہٕ اوٚ نام ستےٚ آسِ ہے انتظام کورُت۔

ہیم وُکھی گرٕ بو بیٚٹھِ تہٕ گئے کنٹینہٕ والِس نِش۔ واریاہ وہ شلے ہتہٕ تہٕ سو تے

ہتہٕ افسر آسی اتین بیہِتھ کھیوان چیوان۔

"حضرات! یہ کیا مانے گوٚ۔" سٹاف افسرن وٗن بیزٕ تی کرٕ نکہٕ

آبہٕ باسان اوس اٰمِس چھُ ہیٚتھے پاٹھی کتھ کرٕ نس ہال۔ "توہہٕ پژروہٕ بنِتھ

پاٹھی کامہٕ بیٚٹھِ غارہ حاضر روزُن۔ شہزادن چھُ حُکم دِیُتمت زِ کاشہٕ گژھہٕ تہٕ

پَنُنۍ جاے تراوان۔ یکھ ساے ہے کپتان!" تَمۍ کوٚر اکس ربہٕ مُہرِ لِبتھ وَیٖہٕ آمِتس
توپہ خانہٕ کِس افسرس حُکم۔ تَس دروازس بیٚہتھٕ سوزِ لاگِتھ وۄنٛ دِنہٕ اوس۔
بوٚٹھ اوس کنٛتِھنہٕ وآلِس ہیو کھیٚناوِنہٕ خاطرِ دُشمنٕ۔

"کپتان نوشین! ژ سے نہٕ چھیے ناشرم یوان۔" سٹاف افسرَ گوٚ
وَنان۔ میانۍ کِنۍ گوٚ ژھ توپہ خانک افسر ہاوُن لایق آسن نہٕ ژٕ چھیم یانہٕ
نَنہٕ وورُسے۔ ہُپارۍ گرٕ ھی بِگُل نہٕ ژٕ آسہٕ ہَس نَنہٕ وورُسے شوبان۔" سٹاف
افسرن کرٕ وٚٹھو تُلۍ اسنہٕ ہنا۔ "میٚہر یانۍ کرِتھ گژھِو ساری پننہٕ پننہٕ جایہِ
واپس۔"

شہزادِ آندرے یَس آو کپتان نوشینن وُچھنہٕ اَسُن۔ ژھوپہٕ
دم کرِتھ، وۄٹھ کملاوِتھ اکھ کھور تُلان نہٕ اکھ تراوان، لوگ سُہ وَچھو چالاکھ
نہٕ شریف اچھو اکھ نظر شہزادِ آندرے یَس نہٕ اکھ افسرس دِنہٕ۔

"سپاہ دپان: لوٗ نہٕ کھوٗ نہٕ لوٗت گوٚ ننہٕ وورُسے۔" کپتان نوشین
ووٚن مُنہٕ چھ ہوت اَسُن کرِتھ۔ سُہ اوس مُنہٕ چھ یژھان مخولس سستی
ڈالِنۍ۔ ییم لفظ وَنان وَنان توٚر تمس نِکرِ زِ مٰذا اکھ جلیو و نہٕ کینٛہہ سُہ گوٚ
کُشِتھ تانۍ ہیوٚہ۔

"میٚہر یانۍ کرِتھ گژھِو ساری پننہٕ پننہٕ جایہ واپس۔" سٹاف
افسرن ووٚن بییہٕ دمدار پاٹھی۔

شہزادِ آندرے ین دِژ بییہٕ توپہ خانہٕ کِس لوکٹس افسرس کُن
نظر۔ تمس منزٕ اوس کیا نام بدہے۔ فوجی صاحبہٕ کنہٕ نہٕ۔ خبر کیا اسُن لایق
مگر لوٚیہٕ ژون۔

سٹاف افسرنہٕ شہزادِ آندرے کھٹۍ گرٕ بُن نہٕ دژاوے ___

تِم دڑاے گامہٕ نیٚبرٕ۔ وَنہٕ سمکھے تِمَن سپاہ نہٕ درجہ وار افسر۔ کھوٗرِ کِنۍ وُچھکھ نازِ کھتنہٕ آمُت ووٗزِج مٔیٖڑ پھیرنہٕ یوان۔ یِمَن محاذن پیٹھٕ آسی ساسہٕ بدی سپاہ زٕھرِنے گرٕ تِمنیٖن منزٕ وُنہٕ زٕھٹ ویٖراوان نہٕ ربیٖن ہندی باگٕھی کام کران۔ دوٗیو مُنزِ وُچھِ تِموٗ زنتہٕ غیبی اتھٕ بٔلِی چوٗ بیٖلی چوٗ سرٕد ووٗزِج مٔیٖڑ ہیٖر حیپکان۔ تِم گیٚیہ محاذس نزدیکھ نہٕ وُچھکھ دآچھِنہٕ ییٚکِ شرٕو تھٕ۔ محاذس ئیٖتی کِنۍ وُچھِ تِموٗ درجنہٕ وار سپاہ دوران۔ اکھ اِبارٕ ئُبس ناصاف گٔت خانہٕ نیار اوس گوٗمُت۔ تِمہٕ نِشہٕ ژلنہٕ خاطرٕ ٹھاوی بیموٗنَسَن ہٕشی نہٕ گرٕن کرٕ کھ زیٖر۔

" بہٕ گوسون کیمپ، شہزادہٕ صاب۔" سٹاف افسرن وون۔ تِم گیٚیہ بالہٕ کِس دٔو بِمس اندٕرس کُن۔ اِپارِ آو یِمَن فرانسک فوج بوزنہٕ شہزادٕ آندرے ٹھہرِ بوتہٕ لوگ وارہٕ وُچھنہٕ زِ سُبھہِ کیا چھُ بینہٕ وول۔

سٹاف افسرن کوٚر اَکِس تھٕدِس تھوٗنگِس کُن اِشارٕ نہٕ ووٚنُن۔

"ہُتِنا چھُ سون توپھ خانہٕ۔ نہٕ امشیک کماندر چھُ آدیٔک عجیب افسر یُس نہٕ ووٗرُے اوس۔ دلہٕ اوٗرِ گٔژھو۔ اَتہِ بیٖٹھِ بیٖی زِ سٔے سورُے کیٚنہہ بوزنہٕ۔

" بہٕ چھُس چون بڈٕ شُکر گزار، ووٗنۍ گٔژھہٕ بہٕ کُنے زوٗن۔" شہزادٕ آندرے یِن ووٚن امہِ غرضہٕ زِ بہٕ گوٚژھ ووٗنۍ تھٔکِھے نُلُن۔ "مہربانی کرِتھ مہ کرٕ ووٗنۍ تکلیف۔"

سٹاف افسرن تُرٕو شہزادٕ آندرے نہٕ سٕہ دڑاو کُن زوٚن۔

یوٗناسہٕ شرٕو تھٕ شرٕو تھٕ نہٕ دُشمنَن نکھہٕ نکھہٕ وانان گوٗنبوٗنا وُچھ تِمی یِمن فوج خوشِس پاگٕھی۔ سارِ ووٗے کھوٗ نہٕ زیادٕ بیرٕ ووٗنۍ ناد آس اکھ فوجَس نیٖم وانتنہٕ شرٕو تھٕ دَہ دوٚہ مہٕ گٔمُت۔ بوسہٕ شہزادٕ آندرے یِن

ثمہِ دوہہ صُبحَن وُچھی مژ آس۔ گژِ وشتے وآئتھ تہٕ اوس نیمَن رژھ کھنڈٕ وہمہ تہٕ ہبفر آری۔ مگر فرانسہٕ کس فوجس نکھہٕ نکھہٕ وآتھ وُچھ شہزادہٕ آندرے بَن یَنٕن فوج زیادٕ کھو تہٕ زیادٕ خوش تہٕ پانَس ہیٹھ پرژھ کتھاوِتھ۔ سپاہ آسی اُور کوٹھ لاگِتھ ہیتہٕ ہنن سار جنٹن سعتی لائہٕ کرِتھ تہٕ کپتان اوس یمَن حاضری کران۔ لائنہِ ہنڈِس ہیتس سیاہس وچھس۔ دۄگی ہنادِتھ دۄن تَس نَزِ تھاو ہیوٚر کُن۔ کینہٕ سپاہ آسی ماد انَس چھکرِتھ موٚنڈی ڈلہٕ وان۔ ٹکرہ ساران، پہرِ بناوان تہٕ اشن گیتدُن کَران۔ ییم آسی نارٕ الاوَن اُندی اُندی اُڈی یَلو لاگِتھ تہٕ اُڈی ہنیتھ ثنی قمیصہٕ تہٕ کھو ریانہٕ ہیچھ کھہٕ ناوان۔ تہٕ آسی تِم کھیٚنٹرِ لیٚنجن تہٕ دیگَن اُندی اُندی کوٹھ ڈِنان تہٕ لوٚکٹھ وو کھراوان۔ اَکس کمپنی منزٕ اوس کھانہٕ تیار تہٕ سپاہ آسی بوچھہٕ ہژوٕ اُچھو گژ ٹکرِ ونین پانَن وُچھان تہٕ پیٚاران زِ افسر کیا ونہٕ۔ افسرس اَکھ رژھہٕ ہنا اکھ توٚن وُچھنہٕ خاطرٕ ہیچہِ وِس بانَس منزٕ ہیمژ۔ سُہ اوس اَکس پَچِ کھنجہِ ہیٹھ ہنیہِ پیہرِ کُن تُھنہٕ کرِتھ ہِہتھ۔ وودٕ کا اوس تہٕ سارِ تِے دُسی باب۔ مگر اَکس خوش قسمتھ کمپنی اوس اکھ شُشتلی مُسر افسر تیمَن ٹھانَن منزٕ شراب چھران ییم سپاہ اَمِس کُن داران آسی۔ سپاہ آسی تعظیمہٕ سالی ٹھان آسَن کُن تِوان، دام دِوان۔ وُٹھ پھیشان تہٕ ہیتہٕ کوٹھہٕ نریو سعتی وُٹھ وو کھراوان تہٕ ہیران وارے پھولہٕ ونہٕ دلہٕ۔ یژ تھ کاُنسہِ ہُشد دِل اوس تِہتھ کنہٕ خوش زَن تہٕ ہیوٚرے دُشمن سینہٕ سنزن اُچھَن تَل سیدان اوس۔ تہٕ زَن تہٕ اَمہِ پیتہٕ اکھ تَرژھ کَرٕ آے وو تھَن وا جنہٕ آس یوسہٕ کمس کم ہنہٕ صف لگن ماد انہٕ سیے منزٕ ساوِہے تِم زَنتہٕ رَوٚستس منزٕ گرِ آسی یٹیتہٕ سوٚرے کینہٕ انسان مزٕ مزٕ ہیکہٕ ہے کرِتھ۔ شہزادہٕ آندرے ڈراو چا سر رجمینٹہٕ کنہٕ یپاری کہو گولہ بار آسی۔

ییم وُزھ وار سِپاہ تہٕ آسی اُٹھوٕنٕ لگیمتۍ۔ کرناٹہ ستہ شہرٕ نزدیک چھےٚ اکِس
کھفرِ بیہن جایہ ووت سُہ اکِس گولہٕ بارٕ پلٹنہٕ نِش۔ ییمن بڑونٹھ کنہٕ اوس اکھ
نبھہٕ نوٚنے نفر۔ یِہ سِپاہ آسی تمس رٹھتھ تہٕ ببیرٕ آسی آمی ستیٚن نبھہٕ
ننین شانن بیٹھ نیچہٕ موٗرٕ وایان۔ یہٕ شیچھ اوس وُچھاپہ کرٕکہٕ دِوان۔ اکھ
وُزھہٕ وار میجر اوس پلٹنہٕ اوٚرٕ یور پکان۔ تہٕ ییمن کرٕ یکن ہُند پرواے
کرنہٕ ورأے اوس ونان" سِپاہ ستیٚن خاطرٕ چھےٚ ژور کرٕنۍ بیزٕ نی۔
سِپاہ گژھہِ ایماندار، یزتھ بند تہٕ بوٚ ہودرٕ آسُن، تمِس سنٛی یا جیس ژور
کرِ سُہ گژھہ پرٛزی کیتھ بیرتی باپتہٕ تہٕ نیچھ آسُن۔ واٚلس، واٚلس..."

ووٚنہِ اوس سُہ موٗرٕ ہِندی ٹاس تہٕ چکہٕ بوزان۔

"ببیرٕ۔ ببیرٕ......" میجر اوس ونان۔

اکھ جوان افسر تُس ییمہٕ پھہا تپٹہٕ وُچھتھ رووُمُت اوس تہٕ پریشان گوٚمُت
اوس، ژوٚل اتین تہٕ لوٚگ سوٲلی نظرو اپرچو ٹنٹس کُن وُچھنہٕ۔ شہزادٕ آندرے
آو بڑونٹھ مہٕ لأنہٕ تہٕ پوٚک اپارۍ۔ وُچھنہٕ تہٕ کھوٗرٕ بکھہٕ کیتھ اوس سون
فوج دُشمنس نِشہِ سیٹھا دوٗر۔ مگر منٛز باگ بیتھن صُبحن دوٚن طرفن ہِندی
سفیرٕ سمکھے ہنٛدٕ آسی۔ تتین اوس فوج دُشمنہٕ ستیٚن فوجس نیوٗ نا نزدیکھ
زِ ییم آسی اوٚرٕ یور اکھ اکِس وُچھنہٕ تہٕ ہیکان تہٕ کتھہٕ تہٕ کرِ تھہٕ۔ اتین ییمن
سِپاہن جاے آس تمن علاوٕ آسی ببیرٕ سِپاہ تہٕ تماشہٕ وُچھنہٕ آمتۍ۔
تمِ آسی دُشمنہٕ سُند عجیب پوشاکھ وُچھنہٕ اسان۔
بڑونٹھ مہٕ لأنہٕ کُن گژھنس اوس منع آمُت کرنہٕ۔ مگر کمانڈر اوسنہ
تہٕ سِلہِ بیٚٹھے لکُن ییتھ ہیکان رٹِتھ۔ تِمو ییم سِپاہ لگیمتۍ آسی تِم آسی
نمایش ہاوان والین ہِندی پاٹھۍ وہ نی تنگ آمتۍ۔ تہٕ آسی سوکلی بڑھان۔

تِم اٰسۍ نہٕ ووٗنۍ دشمنس کُن وُچھان تہٕ کیاز تِم اٰسۍ ووٗنۍ تماشہٕ گیٖر پنٕنۍ کُن عگِگ ہتۍ۔ شہزادٕ آندرے کٔھٹ یٗو وارٕ پاٹھۍ وُنیتھ سہٕ فرانسک فوج وُچھتھ ہیٚبکہ ہیٚے۔

"وُچھ۔ وُچھ" اَکھ سپاہ اوس بینہٕ نِس سیتۍ باعِس وَنان۔ سہٕ اوس تِمس اَکھ لوٚنٛد وُنی ہاوان یُس اٰکس افسرس سیتۍ برٛوٚنٛٹھ گوٚمت اوس تہٕ فرانسہٕ کِس اٰکس گولہٕ بار سپاہس سیتۍ اوس جوشہٕ سان حَل حَل کتھہٕ کران۔

"دوٚ ہیمے ہا چھُنا بہٕ پھَر پھَر کران۔ اٰمس نا واتِن نہٕ فرانسکۍ تہٕ، تیا، سید رٔوفا!"

"کٔھٹٕ رٔژھا۔ بہٕ چھُ نفیس،" سید روٗفن دیُت جواب۔ سہٕ اوس فرانسیسی بولنہٕ خاطرٕ مشہوٗرِ عالم ما نہٕ یوان۔

یٖمِس سپاہس کُن ہیمو اشارٕ کوٚرمُت اوس، سہٕ اوس ڈولوہوف۔ شہزادٕ آندرے یِن پرٛزنوٚومُت تہٕ لوٚگُس کن دِنہٕ۔ ڈولوہوف اوس کھوٗرٕ تکھٕ آمُت۔ یٚمیتہٕ اٰمۍ سشٕر رجمنٹ اٰس۔

"بیٚبیہٕ۔ بیٚبیہٕ۔" کپتانَن کوٚر اٰمس زور۔ سہٕ اوس گردن زِ ہیٚھ آوِتھ لَفظ لَفظہٕ یوز ہنٛج کوٗشِش کران۔ فکرِ اوسُس نہٕ کیٚنٛہہ تران۔ "کران گژھ کتھ۔ کیا وَنان چھُہ؟"

ڈولوہوفن دیُت نہٕ کپتانَس جواب۔ سہٕ اوس فرانسہٕ کِس گولہٕ بارَس سیتۍ گرماگرم بحث کران۔ تِم اٰسۍ جنٛگِج کتھہٕ کران۔ فرانسک سپاہ اوس رٗوسی تہٕ آسٹریاہٕچ رَلہٕ بولان۔ تِمۍ سشٕر راے اٰس زِ رٗوسی یِن چھیٚپے ٹنکس آمٕژ دِتہٕ تہٕ المہٕ بیٚھ چھُہ۔ یِمَن ژٔلان ووتمُت۔ ڈولوہوف اوس وَنان زِ رٗوسی یُو چھُنہٕ ژاشہٕ تہٕ ہوٚرمُت رِنٛو چھِ فرانسہٕ کِس چوٚب دِتۍ ہتۍ۔

"اَسہِ چھُ حُکم تہٕ ہمیشہِ لارکرٕ ژنہٕ کرو وٕ تہٕ۔" ڈولوہوفن ووٚن ۔

"تہٕ ہمہِ چھُ بیٚہتر حبس گژھُن بیہٕ فراکھ ہیٚتھ گرِفتار گژھ ہو۔" فرانسکی

گولہ بار سپاہیَن ووٚننس ۔

فرانسہٕ کہِ طرفکۍ دُ چھَن واَلی تہٕ بوزن واَلی آسی اسان ۔

"تِمھتے کُنہٕ تَہٕ ناوو بیٚہ کُنہٕ سوو روف سِنٛدِ وِزِ تَہٕ ناوتو۔"

"کیا ٹھیکان چھُو؟" اَکی فرانسکی سپاہیَن پرٛژھ ۔

"پرانۍ توارِیخ ۔" تِمس توٚر فکرِ زِ اَشاہ چھُ پرٛانِس توارِیخس کُن" شہنشاہ

ہادِ تو ہمہِ تہٕ تہٕ توٚ ہندس سوو روفس تہٕ۔"

"بونا پاٹ . . . . ۔" ڈولوہوفن ہیٚتر ووٚن مگر فرانسکی سپاہیَن کرٕ مُنزی کتھ ۔

"بونا پاٹ تہٕ شہنشاہ دِیھ۔ اَمس چھاپتہ ہیٚ ناو۔" تِمو ووٚن ناراض

گژھِ ھتھ ۔

"تَرِ ٹھ توٚ ہندس شہنشاہس ۔"

ڈولوہوفن زارٕ روٗسی پاٹھۍ ملٹری واَلی لیٚکھ ۔ تہٕ بوٚندُ ق نکھس

تُلتھ دِراو پانس ۔

"اِ وان لوکرٕ! ایکو۔" تِمو ووٚن پیٚہٕ نس کیپتانس

"اَدسا! بیٚہٕ کُنہٕ چھُ پیمہِ فرآشی بولان ۔" لاَنہٕ مُنزٕ اَسی سِپاہ ونان ۔

"ووٕ ژٕ وَن تہٕ سیٚدروف ۔" سیٚدروفن کرٕ اَچھ ناٹھ تہٕ ہیٚتِن فرانسہٕ

کیو، کُن ژٕ ڈٕ ژٕ ٹۍ لفظ تیز تیز ووٚنہِ ۔

"کا ۔ ری ۔ ما ۔ لا ۔ نا ۔ فا ۔ سا ۔ قی ۔ مو ۔ نز ۔ کیس ۔ کا ۔"

تِمو ہیٚتۍ لفظ واَے واَے ادا کٕرٕ ژٕ ۔

"ہوٚ ہو ہا، اہا ہا ۔" سپاہوٚ ژیٚت وٕژھِ واَنجہٕ کھنگالہ ییٚتہ مُنز

فرانسکو سپاہ تہٕ رٕلےٚ۔ ننہٕ پاٹھۍ زِ انسان اوس وپان ووڈی گرٛٹھ ھیو بیم
بوٚندوٗق ژھننی دِیہہ، شور ژہ حننی زآلیہ تہٕ ساری گرٛٹھ ھی دور نی پنُن پنُن
گرٕ۔ مگر بوٚندوٗق رؤدی ترٛی بھتے، مکانن ہنٛدی گولہٕ چلاو نکی گدٕی تہٕ
کھنٕ ہنی محاذ رؤدی ننہٕ پاٹھۍ اہر پاوان ییہٕ پاٹھۍ اوٚتانی ۱۰ آسی۔ نہ توپہ خانہٕ
رؤدی اکھ اکس کُن گوٚل دٕہرِتھ۔

# ١٦

شہزادٕ آندرے ین ویٹ ساری سے فوجس اندی اندی گردش تہٕ
دوت تمہ نفرن بیٹھ۔ ییتہٕ توپہ خانہٕ اوس، تہٕ ییتہٕ بیٹھہٕ سٹاف افسرٕ
سِندِ ونہٕ کنہٕ ساری سے بیٹھ نظر ییوان آس۔ توپہٕ آسہٕ بہو بیٹھہٕ ییتھرٕ
والہٕ آمژٕ۔ یہٕ رؤد اکس توپہٕ نِشن ووڈنہٕ۔ توپہ خانک اکھ نفر یُس سنتری
ڈوٹی دِوان اوس، سُہ رؤد امِس بُتھِ مگر ییلہٕ تمس اشارٕ کرٕنہٕ آو سُہ
لوگ بٹیہ اور یور گردش دِنہٕ۔ توپہٕ نہٕ پتہ کُن آسی تِہنٛدی بسہٕ، نہٕ تمہٕ
پتہٕ پہن ٹکلی، رزہٕ تہٕ سپاہن ہنٛدی نارٕ الاو۔ اندرمہٕ توپہٕ اوٚکُن
پتہٕ آس اکھ پہرٕ۔ ییمہٕ منزٕ افسرن ہنزٕ کتھہٕ ہنزٕ آواز آس ییوان۔
اتہٕ بیٹھہٕ اوس سورُے روسی فوج تہٕ دُشمنہٕ سِندِ فوجک اکھ لوٚڈ حصہٕ
بوزنہٕ ییوان۔ توپہ خانہٕ سیوٚد اوس اپارٕ بالہٕ ییتنتا یُس بیٹھ اکھ گام، شوٚ نگرابن
لوزنہٕ ییوان۔ دچھنہٕ کھوورِ تہٕ آسہٕ دہی گرٛٹہ کار منزی فرانسہ کِ توجہ چہ
ترٛے ڈِ پھرٕ نظرٕ گژھان۔ فوجک زیادٕ حصہٕ آسہٕ ہے بائِس پتہٕ کُن گامس
منز۔ گامس منز اوس کھووِر انٛد دہہ منزی اکھ توپہ خانہٕ ہیوٚ بوزنہٕ

یوان مگر صاف اوس یہ فکرِ تراں ۔ سانہِ دُچھنہِ پکھہ یُہُنْد فوج اوس ئمِنس
تھفرَس بیٹھ ۔ اَتہِ بیٹھ اوس تَتھ دُشمنَس بیٹھ گولہ چلاونک زیادٕ وار ۔ عَسِتی
آسہٕ پَیادل فوجہِ جِہ رجمینٹٕ تہٕ دُندس بیٹھ اوسُس رِسالہٕ فوج ۔ سیٔے مَتھرَس
بُتھین توشینہٕ سِتھر توپھ آس تہٕ بیٹھہٕ بیٹھ شہزادٕ آندرے فوجَس سام
ہیوان اوس ننہِ بیٹھ اوس تَرگُر بۄٹھ برابَر کوہ لتاویٔ ۔ یہ کول آس اَسہِ
تہٕ شو نگرابنَس مَتھرٕ ۔ کھو پرِ کِنِز اوس سون فوج اَکِس زَنڈٕ ونَس نزدیکھ ۔
ہیم آسی اَتہِ زُبُن ژٹان تہٕ اَتہِ اوس نارٕ الاوَن یُہُنْد دٕ ہہ ۔ فرانسکِ فوجِ لاَن
آس سانہِ کھو تہٕ وارِیاہ زِ بیٹھ ۔ تیم ہیٚکہٕ ہُن سَنبھل پایٚ کھُہ اَسہِ وَلہِ بیتھ ۔
سانہِ ٹیٚنگہٕ پیٚتی کِنِز اوس اَکھ نارتہٕ کھنگر ۔ توپھ تہٕ رِسالہٕ ہَنتھ بَنتھ نیٚرُن
اوس مُشکِل ۔ شہزادٕ آندرے ین گُرڈ اَکھ کاپی تہٕ لۄگ پَننہِ جایہِ فوج
وَہراونُک اَکھ نۄو منصوبہٕ بَناونہِ ۔ دوٚن جاین تھوو تَمی پَینسِلہِ
سِتی کیٚاہ نام یاداش لیکھِتھ ۔ یُتھ یِگراژ بۄنَس سِتی بحث ہیٚکہِ ہیٚہ
کرِتھ ۔ سہ اوس پَرِتھان تنبیہِ یِمَن توپھ خانہٕ سیٔے مَتھرَس سۄمبراولِی
تہٕ رِسالہٕ نارَس اپارِ تھوُن ۔ شہزادٕ آندرے اوس ہیٚتھی کمانڈرِ ن چیفَس سِتی
رۄدمُت ۔ تَمی اوس مَڈِین بڈین فوجَن ہُنْد یُن گژھُن تہٕ محاذَس بیٹھ ڈٕطیر
ڈٕطیرٕ لاگِتہٕ یُن وُچھمُت ۔ لڑائی ہِنز توارِیخ آسِن پَرِمژ تہٕ اَمہِ کِنِز اوس تَس
پانَے یِمَن کتھَن کُن خیال دوران ۔ تَمی سُنْد خیال اوس وہیٚچھن وہیٚچھن کتھَن
کُن گژھان مثلَن "اگر دُشمن دُچھنہِ پکھہِ نِشانہٕ بناوِ تیٚلہِ پیٚییہِ کیٚو گولہٕ بارَن
تہٕ پادٕ لاسکی چاسرِن یُتھِ لگُن یۄنانی اَندرِمہ حِصہٕ بیٹھہٕ تِمَن مدَتھ وانہِ ۔
تیٚلہِ ہیٚکَن سوار تِمَن گیرٕ نَر آدِتھ تہٕ لار کرِتھ ۔ وونی اگر تِمو مَتھرَس حملہٕ
کور تیٚلہِ لگاوِ وٕ اَسی یُتھ تھفرَس بیٹھ مُتھرِم توپھ تہٕ اَتھی ہۄلَس سِتی

بَنوٗٲسی کھوٗرِ بِکھ بیٚنٛھ کٔڈِتھ تہٕ پلٹنہٕ پلٹنہٕ وَسو نارٕس کُن، بیٚنٛھ کُن ۔ سُہ اوس
پانہٕ ہیٚے ءٚسنی بحث کران ۔ یوٗتانی سُہ نو پھرٕنہٕ ووٚدنہٕ اوس تۄتانی اوس
سُہ پہرٕ منٛزٕ افسرن ہنٛزٕ کتھہٕ بوزان ۔ مگر فکرِ اوس نہٕ اکھ لفظ تہٕ تران ۔
ژھنٛزی گَیہٕ اکھ آواز اٚمِس ښنتھ ہِشس ۔ بہٕ آس سوٚ دِلہٕ نہٕ اٚمی بوٗزٕ ۔

" نسٲ یارا ۔ دٲپان چھُسے اگر اِنسانس خبر آسہٕ ہے مرکھ کیا بسان چھُ،
نٕیلہٕ آسہ ہے نہٕ کانٛہہ نہٕ مرنس کھوژان ۔" بہٕ آس خوشتہٕ ہوٕی آواز یوس
اٚمِس وَننہٕ آس ۔

" کیا بنیوٕ ۔ توٚہی چھوٕ زیادٕے کھوژان ۔ توٚہی بیکھہٕ یِرٕ وٲلی چھوٕ نہٕ
کہس ۔" تِرٕ بییم آواز آیہٕ " بوزٕ ہے بوزٕ و ، توٚہی نو بھہٕ خانہٕ وٲلی چھوٕ
چالاکھ ۔ توٚہی چھو کھین چِین ہیکان ءٚسنی تُلتھ ۔" یہٕ اوٗنتھ نرٕوو اٚمی مردانہٕ
ٹھٹھ وٲلی افسرن اَشن ۔ بہٕ آسہٕ ہے یادل خوشحِک ۔

" نو نہٕ چھُ اِنسان کھوژان ۔" گوڈ رنیج سوٚ آواز آیہٕ بنیبہٕ یوٚسہٕ شہزاد
آندرے تیس وَننہٕ آس ۔" اِنسان چھُ تتھ کھوژان ییٚنہِچ نہٕ تٔمِس نہٕ خبر ہے
کینٛہہٕ آسہٕ ۔ نی چھیٚے کتھ ۔ بہٕ وَنن چھُ ستھہٕل زِ انسان چھُ جنٛتس گرژھان ۔
مگر یہٕ نہٕ چھیٚے اَسہٕ خبر زِ جنتھ وَنتھ چھُ نہٕ کینہہ ۔ بہٕ چھُ سورُے یقینہٕ ہے
یوت اَسہٕ نظرٕ گژھان ۔"

گوٚب مردانہٕ آواز آیہٕ بنیبہٕ ۔

" توٚ شپن ولہٕ ان بڑانڈی ۔"

" اچھا یہٕ چھُ سُہ کپتان ، یُس کٔنٛٹس منٛز بوٗٹھ کٔڈِتھ اوس ـــ"
شہزادٕ آندرے کیس آد بہٕ خوشوٗنی فلسفی آواز پرٕزٕناوِتھ خیال

" بوٗٹہٕ ہنٛز بڑانڈی ۔"

"عاشش کرِتھ ۔" نوٚشینن وٚون ۔ " مگر ییٚنہٕ واجبہٕ زندگی ہشر پٔرٕتھ کرِنہٕ ..... " تٔمی کوٚر جُملہٕ پوٗرٕ ۔

نانی گوٚو ہوٚس مَشرِتھی ی ..... یہٕ آواز آیہٕ نکھہٕ حلِ حلِ تہٕ صاف صاف ۔ نوبہہٕ ہندِس گوٗس ژٔنتہٕ دِلک سوٗرُے یاد نے روٗد ۔ یہٕ آو ییٚہر نزدیکھے ژٔمینس کھٔٹاسنہٕ تہٕ زیرٕ دٔس دکہٕ ستی ژٔوٚٹن بُترٔاژ ہشُد وَچھ ۔ ژٔمینہٕ ژٔوٚل یہٕ ووکھہٕ دَب کھینتھ کُنےٚ وایہ ہیٚرِتھ ۔ یکدم آو نوٚشین ییٚہر مَشر ہیٚرِتھ، سایہٕ تِیے ژٔرٕ وٕنھ ژٔرٕ وٕنھ ۔ تٔمِس آس آسَس مَشر ژھوٚٹ پاپاپ تہٕ ژٔرُک بھبولہٕ وٗن نُیتھ اوس سوستیو مُت ۔ اٚمِس ییٚنہٕ ڈرٕاو گوٚب مردانہٕ آواز وول پادل فوجک وُزِھہٕ وار افسر ۔ سُہ دوریو ییٚتنہٕ کینی کُن ۔ دَوال دَوال اوس کوٹھس بٔٹن دِوان ۔

## ١٧

شہزادِ آندرے کھوٚت گرِس مگر لوٚگ نوبچہ خانہٕ ہیے نِش اوٚرِ یور کرنہٕ ۔ سہٕ اوس تٔمِہٕ نوبچہ ہندِس دٔہِس کُن وُچھان ۔ یٔمِہٕ مَشرٕ یہٕ گولہٕ ژٔرامُت اوس ۔ نیشرٕ اٚچھی آسہٕ کھُلہٕ کھشیہٕ مادانس وُنی دِوان ۔ وہ ژٔ وُچھ تٔمی ژُیس فرانسک فوج اوٚنانی فرارٕ اوس سُہ چھ سَنخ دِہ دور کران ۔ تہٕ کھوٗرِ کُنی چھُ پٔڑی رُکی نوبچہ خانے ۔ اَتھ اوس وُنہٕ دِہہ ڈٔلی ہتھے ۔ ژٕ فرانسیسی فوجی، ظاہرا ایڈجوٹنٹ، آسی بالہٕ بیٹھی دوران ۔ بالہٕ بیٹھ آس دُشمنہٕ سِشرٕ اکھ لوٚ کٹھے ڈِھیرِ ییٚناوسان شاید لاۓنہٕ ڈکھ رٹنہٕ خاطرٕ ۔ گوٚ ڈٕنکہٕ گوٗلک دِہہ اوس تہٕ وُنہٕ تِتھیومُت ژِ بیاکھ دِہی بُشنگہٕ ووٚتھ تہٕ بیاکھ گولہٕ آو ۔ لَرٕ آے آس شوٗرو گرٕ ہان شہزادہٕ

آندرے بِن بھیٚر گرٕ تہٕ دژاو شہزادٕ بگراژیوٗنس ژھانڈنہٕ گژھو تیتیٚن کُن۔ پانس
بیٚیہٕ بوٗز تٔمی توکھین ہٕشدی گژھٕ یٔینی تیزان۔ ساتیو جواتو اوس جواب دِیُن ہیوٚ تٕمت۔
بوٚ ہٕ یٚیتین لاہٕ نکھہٕ نکھہٕ آسہٕ نٔنتہٕ آسی بوٚندوٗقہٕ ٹاس گژھٕ ھالن۔ لمارِس اوس
دُنی دُنی ہنپولین سٕپٕنز خوفناکھ چیٚھٹی ہیتھ مُرانٔس نِشہ وو تٕمت۔ مُرانٔن کوٚر
پٔتھنی مٔنز چھ کاسنہٕ خاطرٕ بکدم مٔنز نٔس تہٕ حملہٕ تہٕ اندوکینٕ تہٕ۔ تٔمِس آس
وو میدز شہنشاہہٕ سٕندِ اوٚت وانہٕ بڑو نٹھ آسہٕ تٔمی بہٕ ناچیز فوج
وُڑو وُمت۔

"جنگ لوٚگ۔" شہزادٕ آندرے یٚس آو خیال تہٕ ہُنٛہ گوس وو زُل
نار ہیوٚو۔

"مگر کوٚت۔ اما میون تولون کیا رنگ رٔٹہ۔" سہٕ گو ھاران سہٕ پوٚک
نٔمبوٚرے کمپنی یو مٔنزی ہیمہٕ دُنی ہٕنداہ ہیٚنٛٹھ بڑو نٹھ کھین چین آسہٕ کران۔
وونی آسی نٔنتہٕ فقط سِپاہن ہٕنز وو نٛہ ژھا نٹھ۔ لاہٕ ہیناوان،
بوٚندوٗق تلان تہٕ ساری سوٚے بٔے تایی ژھٹان یوٚسہٕ اُسس بیٚیہٕ نٔس
دِلس مٔنز آس۔ لڑائے وٗز ھ۔ خوفناکھ تہٕ خوشوٗنی۔ بڑٕ نٛہ سِپاہ سُند
تہٕ بڑٕ نٛہ افسر سُند ہُنٛہ اوس یوٚہے خیال باوان۔ وُنہٕ اوس سہٕ
تٔمِس محاذن نِش واتہٕ نٔے ہیم آدی آسی کھتہٕ یوان زٕ تٔمی وُچھی سو تہٕ ہرد
کالچین شنامہٕ ژمبرین مٔنز کینژہ سوار پانس کُن یوان۔ بڑو شُٹھ ہُم اوس
اُور کوٹھ لاگتھ تہٕ قراقلی ٹوپی دِتھ سفید گرُس کھٔسِتھ۔ یہ اوس شہزادٕ
بگراژیوٗن۔ شہزادٕ آندرے ٹھہر یو تہٕ پڑار ہو ییھندِس ییِنس یشہزادٕ
بگراژیوٗن بیڑ ژ تو و شہزادٕ آندرے تہٕ ہوونس کلہٕ سنتی۔ سہٕ اوس
دوٗر نظر کرٕتھ وُچھان تہٕ شہزادٕ آندرے اوس تٔمس بوزٕناوان زٕ میٚے کیا وُچھ۔

"وڑھ، وڑھ ۔" یِم لفظ آسی زُنتہٕ شہزادٕ بگراژیونؠ پنٕنِس مضبوط

کاڑِس ہُتھِس پیٹھ نہٕ ۔ تِمو سٕنٛزٕ اچھ آسہٕ سو نیتھٕ اڑ وڑھ نہٕ نیندٕر ہٕترٕ ۔

شہزادٕ آندرے ییٚن کرٕ اَمِس ہُتھِس کُن نظر مگر اَتھ پیٹھ آسنہٕ کانٛہہ جذبہٕ بوزنہٕ ۔

سہٕ اوس یِژھان یہِ زانُن زِ یہِ شخص چھُ تیٚتھٕ زانہٕ سوچان نہٕ موٚحسوس کران ۔

وُنکین نہٕ چھا یہِ کینٛہہ سوچان نہٕ موٚحسوس کران ۔ جذبوٚتہٕ چھلِتھ اَتھ ہُتھِس

پیٹھ کُن چھُ نیا کینٛہہ ۔" شہزادٕ آندرے اوس تِمِس کُن وُچھان نہٕ راوان ۔ شہزادٕ

آندرے سٕنٛز کتھ بوٗزِتھ کوٚر تِمِس شہزادٕ بگراژیونؠ آنکار نہٕ دوٚپنس "ٹھیکھ گو"

یِمو لفظو نٕکہٕ اوس باسان زِ یہِ کینٛژھا بنیوو نہٕ یہِ کینٛژھا تِمو وُنی بوز نہٕ اوس

تِمِس نو تہٕ ہے ۔ شہزادٕ آندرے یِس اَمِس نیٚبر سوارٕ سیتی شانش کھٔڑ تہٕ

سہٕ اوس حَل حَل کتھہٕ کران ۔ شہزادٕ بگراژیونؠ اوس مشرقی لہجس منٛز توٗلی

توٗلی کتھہٕ کران ۔ زُنتہٕ اَمِس اوس تاران زِ وُتاٹھٕ لی ہٕنٛز ضوٗرٕرتھ چھےنٕہٕ ۔

گرٕس کیٚن کھوٚرنہٕ موٚروبو توٚشین سٕنٛز نوبیہِ کُن شہزادٕ آندرے

دٕژاوٕ اَمی پنٕنِس عملس سیتی اَمِس پتہٕ پتہٕ ۔ عملس منٛز اوس عملک افسر،

بگراژیونٕہٕ سُنٛد پرٕیوٗ کُٹھ ایڈجوٹنٹ زرکوف، اَرڈلی افسر، سٹاف افسر

یُس لوٚبہٕ وِنس انگہ پرٕی گرٕس پیٹھ اوس ۔ نہٕ اکھ سِوِل افسر آڈیٹر یُمی جنگ

وُچھنہٕ کِہ شوقہٕ سیتی روزنٕک اِجازَتھ موٚنگمت اوس ۔ بوٗرت مُنھ کرِتھ

یہِ لُر آڈیٹر اوس خوش گرٕژھتھ اوٚہٕ پور نظر دِوان، گرٕس پیٹھ زُنتہٕ گیران ۔

تِمِس اوس اوٗرکوٹھ لاٗگِتھ نہٕ زینٕس پیٹھ اوس گرٕی سوارن، قزاکن ہٕنٛز

ایڈجوٹنٹن منٛز عجیب بوزنہٕ یوان ۔

"صحب چھُ یٕژھان جنگ وُچھُن ۔ مگر پرٕوِنیٹھے ہیوٚ تِنس کیاتانی

گژھن ۔" زرکوفن دوٚپ شہزادٕ آندرے بس ۔

"پکو، تراوِو وونی۔" آڈیٹرن وۆن اَسان اَسان۔ سُہ اوس خوش ہیوٚو گژھان۔ زِ یِم چھِ تِمس مذاکھ وُڈاوان یہِ زانِتھ مٲنِتھ اوس تیٚوٗناسا دِ لاگان یوٚت تہٕ سُہ اوس۔

"شہزادٕ صاب! یہِ چھیٚے عجیب کتھ۔" سٹاف افسرن وۆن (تِمو اوس بوٚزمُت۔ مگر یاد اوس نہٕ زِ شہزادٕ ٲسؠ کیٛاہ چھِ فرانٛسی پٲٹھۍ وَنان) ووٗنی ٲسی تِم سارِی توٚشِتھ پنٛنِس توپخانس کُن پکان۔ اَکھ گولہٕ سشرٛوٚپ تِمَن برٛونٛہہ کنہِ ژٕہِپنہِ۔

"یہِ کیٛاہ ہیوٚ۔" آڈیٹرن وۆن اَسہٕ وِ تہِ بُچھتھ۔

"فرانسیچ پوٚرانٹھ۔" زرکوفن وۆنُس۔

"اوٚہ۔ یِمَے چھا تِم چلاوان۔" آڈیٹرن پرٛژھُنَس "خوفناکھ"، تِمَس ٲسی اَمہِ لطیفہٕ سِتؠ بوٚہ کہِ ہٮ۪نان۔ سُہ اوس یِمہٕ لطیفہٕ وَناتھ زِ بیٛاکھ گژھ ہیٚنز گو۔ تُس کتھ تانی ہٕرم چھیٚنزِس سشرٛوٚپ۔ درعہ پچھ گوٚو نہٕ آڈیٹرَس نزدیکھے آو اَکھ فرٛاکھ گرٕ پیٹھہٕ ڈُکلاونہٕ۔ زرکوف تہٕ سٹاف افسر تِمے گرٕہن پیٹھ بیٛہٕ وٕنیٖٹھ کُن۔ آڈیٹرٕ روٗد فرٛاکھس کُن بُچھتھ کٔرِتھ نہٕ لوٚکُس ڈٕنی دِنہِ۔ فرٛاکھ اوس موٚدمُت تہٕ گُرِس اوس زٕ وٕ بزران۔

شہزادٕ بگراتیوٚن تراوِ اچھ بوٚن کُن۔ یوٚت نظر دِژن زِ اَما یِم کیٛاہ زِ روٗدی پِتھ۔ ترِنٛتھ پٕژھان اوٚشکھ زِ کیٛا چھوٚ فوٚضوٗل چینٛز وُچھان۔ اَکِس پوٚختہٕ سوارِ سندِ پٲٹھۍ ٹھُہر وُوٚن گُر۔ رٕژھہِ ہنا نمیٚو وٕ نہٕ سہ کلاوِ اوٗرکو ٹھُسُن مشرَولنہٕ آمٕژ کٔرِ تَل۔ یہِ کرٕنٛل ٲس ہنا پٕرانہٕ فٲشِنچ۔ اَزی کِہ طٔریقہٕ ٲس نہٕ۔ شہزادٕ آندرے یَس ہیوٚو یاد زِ سو روٗفن ٲس یہِ کرنل اُمیٖس اٹلی مشر دِژمژ۔ تہٕ یہِ کتھ اَمہِ وِزِ ژھٕنس پینہٕ عٕستی گوٚ سُہ خوش۔

ہم وأنی نتھی نوبھہ نش ہیبتہ پیٹھہ شہزادہ آندرے ین ماداکس سام ہیٹر آئے۔

"یہ کہنٹر کمپنی چھپے"۔ شہزادہ آندرے ین پرژھ سپاہس پُس مسالہ صوند کُفس نش ووہ دِنی اوس۔ تمہ پرژھ "کہنٹر کمپنی چھپے"۔ مگر مطلب اوسُس "یا نمبرے ہتھ ما چھوہ"۔ نوبھ خانہ کس سپاہس نور فکرہ۔

"عالی جناب! کپتان توشینہ سُنز۔" مچھہ ٹینچل سپاہن ووٗن ژھس لہ ہکٹہ نہ ہمبو بڑو نٹھکن۔

"ٹھیکھ، ٹھیکھ"۔ بگراژیونن ووٗن خبر کیا سو بچھنہ۔ نہ توبھہ پیہو کنہ گوشہ أندی مرہ نوبھہ نش۔

بیٹھنے سہ اوٗتن سہ ووت نوبھہ منز دراو گرٗہ ہینی کرٗہکھ اکھ گولہ ہیمہ ستی اُمس نہ أمی سندس عَلس زر ہیو۔ نوبھہ آو دٕہہ وٗلنہ نہ دٕہہ منز اوس نوبھہ وول بہ نوبھ بنبہ ہینہ جایہ لاگان۔ گوڈ نیک نوبھہ وول اوس دبو ہیوہ نہ ئڈی ئڈی شانہ کرٗہکھ۔ سہ ووٗکھ کُتی ووٹہ نہ رٗود نوبھہ عستی، نٕنگہ دوٗر دوٗر ژٹھکھ۔ دوٕ ہیم نوبھہ وول لوگ نہ پیٹو اکھو نوبھہ مسالہ ہرنہ۔ اکھ ژھوٹ ژھوٹ افسر ووٗکھ شانہ ڈٹھکھ بڑو نٹھکن اُمس بوگ کھوشت۔ یہ اوس توشین۔ جرنال وُچھ نہ أمی کینہہ نہ لوگ اچھو دوہ بوا اندد اَکھہ ژٹھکھ دوٗر دوٗر وُچھنہ۔

"ہیٹہ اشارہ جورا ھقو دیہن نہ گیبہ ٹھیکھ"۔ تمہ دژ پرچ ہش۔ آوازہ منز گو گو ہبہ رہ یاہ کر چیخ کرے ین کوشش۔ مگر سو اُس نہ أمی سندس بتنی پانس تنو بانے۔" نمبرہ مسید وولف چلاو سا"۔ تمہ ڈیت حکم۔

بگراژیونہ سُند آکو یوٗژھ آو توشین جرنالس نش۔ تمہ ستیے اونگجہ نجن نہ ہیٹن سُند چھ مُشدجہ ڈوہ کمہ ژ نمنہ کاشہ فوجی سلیوٹ

اوس یہٕ کران زٕنتہٕ کانٛہہ پادری دوٕ یہ خاطرٕ کران اوس۔ توشین سٹیشنٕ توپھہ اُس
بوٚن سٕنہٕ رٕن منٛزٕ گولہٕ چلاوہ نہٕ خاطرٕ لاگنہٕ آمژٕ۔ مگر وُنکیُن اُس سو شونگرٕ ابن
گامس بیٹھ نار چھکان یینہٕ واریاہ فرانسکی فوجی ہنیران آسی۔

توشینس اُس یہٕ کانٛسہٕ ہدایتھ دِژمژٕ زِ تِمس کورکُن اُس توپھ سٹیشنر اوٚن۔
سہٕ اوس یپہٕ نس سارجنٹ زہرٕ جینکو وس قدر کران تہٕ تِمی ہندی مشور اوسُن
گام زالِتھ زھینہٕ تُک فاصلہٕ کوٚرمُت۔ "سیٹھا جان"۔ بگراژ یوٚنٕ دوٚن
ہیٚلہٕ تِمی بوٚزٕ، تہٕ لوٚگ دوٚر دوٚر تانی سام ہینہٕ۔ سہٕ اوس زنتہٕ کیشاتانی
سوچان۔ دُچھِن کینہٕ آسی فرانسکی فوجی نزدیکھ واتی ہتی۔ کیہور جیٚینہٕ بیہ ڈیکہٕ
بوٚزی کینہٕ اوس اکھ گھن، تہٕ اکھ آرٕ۔ تیاری اُس بوٚ ندوٚقن ہنٛز ٹاسہٕ رارے
کنن گرٕھالن تہٕ شور اوس ساری سپے وَلنہٕ آمُت۔ اکی افسرن ہاو بگراژ یوٚنس
دوٚر دُچھیٚ کینہٕ فرانسیچ اکھ چھوکھ یوسہ سانس فوجس جایہٕ بیٹھ ڈالان اُس۔
کھوٚری کینہٕ اوس اسمانس زٕنڈٕ وَن دولہٕ۔ شہزادٕ بگراژ یوٚنن دیت حکم زِ منٛزی مہ
فوجہٕ منٛز گرٕھن یہٕ کمپنی یہ ہیرہٕ تہٕ تِم گرٕھن دُچھینہٕ بکھہٕ پلہٕ یہٕ۔ علکی افسرن
کوٚر یہ وُننگ عرض زِ اگر ہیم زٕ کمپنی گژھن تِموکھ نبیلہٕ روزِ یہٕ توپھ خانہٕ محفوظ،
بگراژ یوٚن پھیوٚر اُمس افسرس کُن تہٕ نزراوُنس سیٹھہٕ نظر۔ شہزادٕ آندرے یُن
ہندی کینہٕ اوس افسرٕ سند وُنُن ٹھیکھ تہٕ اکھ اوس یہٕ جوابے کانٛسہٕ۔ مگر
نامتھ آو کھہٕ منٛز کس کرِ نالہٕ سند ایڈجوٹنٹ یہ شیپچھ ہتھ زِ تِمن بیٹھ
چھہٕ بےشمار فرانسک فوج زٕسنھ آمُت۔ تِمی ہندی جوان چھہٕ چھکراونہٕ
آمتی۔ دُشمن چھُ کپو گولہٕ بارن کُن لمان۔ شہزادٕ بگراژ یوٚنن ہاو کلہٕ عسنی
پنٛینی رضامندی تہٕ منظوری۔ سہٕ لوٚک قدمہٕ قدمہٕ دُچھِن تہٕ رسالہٕ
فوجس سوٚزن اُکس ایڈجوٹنٹس اتھہٕ حکم زِ تِم گرٕن فرانسہٕ کس فوجس بیٹھ حملہٕ

مگر اَڈِ گنٹہٕ پتّے آو اېڈجوٹنٹ واپس تہٕ ووُنن زِ رِسالک افسر چھُ بڑو نِتھے
نالَس نوٗ رُٹت۔ تہٕ کیاز تِمس ییٚتھ آسہٕ زبردس گولہٕ چلاونہٕ آمژ۔ تِمی سٕندی
جوان آسی ہیٚے سۆود مارٕ گٔژھان۔ تہٕ اَمہِ کِنۍ بچاوی تِمی یِم جنگلس منز۔
"بَدٔ رُت" بِگراژیوٗن ووٚن۔

بیٚیہِ شہزادٕ بِگراژیوٗن توٚپہ خانٕہ نِشہِ دٔراو۔ تِمی یوٗز کھوٚدرِ پکھہ نٕزٕ
گولین ہُنٛز ٹاسہٕ رارے۔ یِہ آس وارِیاہ دوٗر تہٕ شہرٕ ہیٚکہِ ہیے یہٕ اور پاسے
گٔژھِ ہیٚتھ۔ تِمی سوز زٕ کوف جرنالس یہِ سٔنتیچھ ہیٚتھ زِ سہٕ ژٕرِ تالہٕ اپور۔
انہٕ اوس سُہ جرنال یِمی سٕنٛزِ جمبٹہٕ کٹو زوٗ قن تِمہِ دوٚہہ یرانا وٕ مابیہٕ کریو۔
تِمس اوس پاسان زِ دٔچھِنۍ بکھ ہیٚکہِ نہٕ دشمنس زیادٕ کانٛس آوٕرِ آوِتھ۔ تُہٕ شین
تہٕ گورُمشِتھ تہٕ سو بٹالین تہٕ یتہِ تِمی سٕندِس توپہ خانس راچھِ کرٕنۍ آس۔
شہزادٕ آندرے اوس ہوشہِ سان بوزان زِ شہزادٕ بِگراژیوٗن کیا کتھہٕ
کران چھُ تہٕ افسرن کیا حکم چھُ دِوان۔ سُہ گو یہِ وُچھِتھ حیران زِ حکم اوس
نہٕ کہِں دِوان دِنہٕ۔ شہزادٕ بِگراژیوٗن اوس یتھے پاس دِوان زِ وٕنِکنۍ یہِ
افسر بیٚنہِ پٔنٕنہِ جایہِ مجبوری کِنۍ یا نا آئِتھ مآئِتھ کران چھِ تی چھُ تِمس تہٕ
منظور۔ شہزادٕ آندرے اوس بِگراژیوٗن سٕنٛد شکر گزار، تہٕ کیازِ کام
زَن آس الہٕ غالبے سیدان، مگر تِمی سٕنٛد تتھن آسُن اوس مفید۔ ییم کمانڈر
بِگراژیوٗنس نِش پریشان حال یوان آسی۔ تِمن اوس اتہٕ دِل ڈیٚجہِ بیٚہان۔
سِپاہ تہٕ افسر آسی اَمِس خوشی دِلہٕ سلام کران۔ تہٕ تِمن اوس سٔخ
شوق زِ اَمِس برونہہٕ کِنہِ ہاوہن پٔنٕن جُرٔتھ۔

# ۱۸

ڈچھنہ بکھ ہندس اندس تانی۔ ایکیہ وۆتھ شہزادہ بگراثیوٗن بٹھس
بون ییٚنہ بوٚندوقہ ٹاسن ہُشد گریٚزاوس۔ یوٗت یوٗت تم کھنس نزدیکھ
دانان آسی تیوٗت تیوٗت اوس اصلی حیثگُک آدان نظرِ ڈلان مگر اندری کنہ زیادہ
ہوٚتوس گژھان۔ بِہن ہیٚتنہ جھوکہ لد سمکھنہ۔ زِ سپاہ آسی اکی ہیے
جھوکہ لدس دوہ یہ طرفہ ڈکھ دِتھ بکہ ناوان۔ ژُمس اوس کلہ رتہ سُری گوٗمت۔
ٹوپی آسس نہ کُنی۔ سہ اوس ژاس ژاس کران تہ خوٚیہ کھوکہ نژاوان ظاہرا
آسس ہٹس یا آسس گوٗلی آمژ۔ بیشا کھ تہ آو بِہن کُن سہ اوس
بوٚندوقہ ورآے ہیمنہ سان پکان۔ یدِ بڈِ اوس وآے کران تہ
نتھ زخمس آسس دگ بیتھ اُورکوٹہ منزی بونلہ ہندی پا ٹھی خون نیران
اوس۔ ژُمس اوس اُمی وِزِ جھوکھ آمُت تہ امہ کنہ آسس نہ تیژا دگ
یوٗتا بھیژ بیٹھ اوسُس۔ سڑکہ ژُرِ کتھ ڈُکھی تم اکس جھیس تہ دسہ ڈُن
ڈچھکھ داربائہن سپاہن وُرِ دکھنہ گژھ۔ دنہ سمکھے بکھ اکھ سپاہ جھوکھ
بِہن منز اڈی اُری آسی۔ ییم آسی تیز تیز شانشہ ہُٹی یاکس کھسان۔ حرنا ال
ڈچھتھ تہ آسی ییم ٹھدِ ٹھدِ کنفہ کران تہ نرِ وایان۔ دِ ہیرِ منزی ہیٚتزن ییمن
سوٗری اُور کوٹھ والیٖن جوانن ہنز لأ تہ بوزنہ ییہ۔ بگراثیوٗن ڈچھنہ دوریو
ییمہ کمانڈر بیتہ تہ ہیٚتنہ واپس پھری۔ بگراثیوٗن گو گُرس بیٹھ جوانن نزدیکھ۔
اپاری اوس گوٗلین ہُشد گریٚز۔ بیتھ منز سپاہن ہنز کتھ باتھ تہ افسرن
ہندی حُکم راوان آسی سأری ہیے ہوٚتس آسس دِہی کرہ بیٹھ۔ سپاہن

ہِندی ٹُھکھ آسی جوشہٕ ہِنتی تہٕ ہیم آسی شورٕ ستی برٕ آمتی۔ اُڈی آسی دلنو
منز شورٕ مسالہٕ گُڈی گُڈی بونڈوقن براں تہٕ اُڈی آسی گولہٕ چلاوان۔ دہ بجہ کٕہ بار
منزی اوس یہٕ بوزنے یوان زِ نشانہٕ کینس چھِ بناوان۔ زھٕ عستی تہٕ اوس
یہٕ بہ دہہ ڈلان۔ گوبین ہُنہ دعسن سن تہٕ شی شی اوس بار بار کنن گژھان۔
"یہ کیا سنا چھُ" شہزادٕ آندرے لوگ سپاہ چھو کرٕ کُن ٹکھ
سو پُچھنہ "یہ ہیکرٕ تہٕ لاں آسِتھ تہٕ کیا زِ ہیمو چھنے برٕ کرٕ مژ۔ یہ ہیکرٕ تہٕ
حملہٕ کرِ وُن دورنہٕ آسِتھ تہٕ کیا زِ ہیم چھنہٕ برٕ ونہٕ تہٕ یکان۔
ڈُھُن بیٹھ مایہ ہوت اُسُن ہیتھ، اُڈِ وژہِ اُچھِ کرِتھ ہیمو عستی
شہ سیئون اوس بوزنہٕ یوان تہٕ شکلہٕ کتھ وآنسہ آمت اکھ سوٹ کرٕ تال
آو بگرا ژیونس ٹُھکھِ زٕ نتہٕ کاشہ برٕ تھ بند پوژھ گرٕ اوس آمت۔
تِمہ وون شہزادِ بگرا ژیونس زِ سانہٕ رجمینٹ بیٹھ کور دُشمنن زبردس
حملہٕ مگر اسہِ کو ڈشہ ہیتھ۔ اکھ حملس منز گئے اسہ رجمینٹہٕ ہندی نصف
جوان مارٕ۔ کرنالن وون حملہٕ آو پسپاے کرنہٕ۔ تِمہ ستی کتھ آسی ہیم
لفظ مناسب ننِتے بوزو تِمس آس نہٕ خبرے زِ حملہٕ کس اُڈس گنٹس منز
یہ کینژ ہا سپد۔ تِمہ بیتہٕ گوا حملہٕ پسپاے کنہٕ دُشمن گو آمی سندِس
فوجس وہٹھ پھور دتھ۔ تس آس بیتر ے خبر زِ تسنز رجمینٹ اندی
ٹیکی وٹے بم تہٕ گولہٕ ہیمو عستی فوجس کتر بیتہٕ گو۔ بیتہٕ دِژ تِمی تام کرِ تھ
"رسالہٕ" تہٕ اُمی سندی فوجن ہیتر بوزٕ گولہٕ چلاونہٕ۔ تِمہ آسی وُنہٕ تہٕ گولہٕ
چلاوان مگر رسالس بیٹھ نہٕ، پادل فوجس بیٹھ تُس کھنہٕ کتھ نون دژامت اوس۔
تہٕ سارنس فوجس ٹُھکھ لوگمت اوس۔ شہزادٕ بگرا ژیونن گلہٕ نو و تِمہ آبہ کلہٕ پیتمہ
ستی شہ ہا وُن اوس بیژھان زِ تِمس آس خبر بی سپد۔ تہٕ بی اوس

تٔمی سُنٛد عرض تہٕ۔ تٔمی دیُت اکِس اڈجوٹنٹس ہیٚرِ بالہٕ بیٚہتھ چاسر زمینٹکی ژٕ
بٹالین اتہٕ نک حکم۔ ییم آسہٕ ووٚنی رٔوسہٕ بیٚہتھ واژِمژٕ۔ امہِ وزِ آیہٕ شہزاد
بگرازیٖوٚن سٕنٛدِس نبُجس بیٚہتھ اکھ تبدیلی لبنہٕ۔ تٔمی سٕنٛدِس نبُجس بیٚہتھ
اوس تَس خوش حال انسانہٕ سُنٛد براد چھاوٕنہٕ آمُت۔ یُس گژھ تیٚشہِ مہ دوٚہ
آتس منٛز ووٚہ کھٕ دِنہٕ تٕرو نیٚٹھ ییٚتِم دورٕ تلان آسہِ۔ تٔمی سٕنٛزن اچھن ہنٛز
بےرنگ نیٚندرِ ہٕنٛز ژھاے تہٕ نٕبخبیُک فکرَن سنیومُت رنگ اوس
غآب۔ گول مضبوط پاٚزا اچھ آسہٕ مس نظرو دوٗر دوٗر وُچھان تہٕ کُنہِ بیٚہتھ
آسہٕ نہٕ ٹھہران۔ ووٚنی گوَ قدم اوس مینہِ مینہِ تلان ییٚمہِ نلہٕ تٔسنٛد ہوش
نشان اوس۔

کرناٗل اوس ییٚمن دپان زِ توٚہی مینہٕ گژھی توٚ ہٕرو نیٚٹھ تہٕ کیٚازِ تنہٕ اوس
خطرِ۔ "عالی جناب، یہ چھُس عرض کران زِ خوداہِ سٕنٛد پاسہٕ۔" سُہ اوس
وَنان تہٕ عملہٕ کیٚن افسرَن کُن نظر نظرٕ دِوان زِ ییٚم ماریٚہ نِم کیٚتھہٕ۔ تِم آسی ہورکُن
نبِتھ پھیران۔

"توٚہی وُچھو جناب!" سُہ اوس گولین کُن اشارٕ کرِتھ وَنان ییٚم پوٚتس
پیٚتھ شی کرٕی کرٕی ژھالہِ نوان آسہٕ۔ سُہ اوس زارٕ پارٕ کرِ آیہٕ اعتراض کران۔
ییٚتھہِ کنی کاشہٕ چھان تِمس خوصبس کرِ۔ تِمی نور اتھس کیٚتھ آسہِ تنجُز۔ "آسہٕ
چھِیے اَتھ ہال۔ مگر توٚہی ہندِس اوٚ نلجہ ٹینٛڈس ہے لبتہٕ کھرژِ۔" سُہ اوس
تِہتھ پاٚٹھی وَنان زِ نتہٕ ییٚم گولہِ تِمس مارِتھ ہیٚکہٕ ہینی نہٕ۔ تِمی سٕنٛزٕ ادٕ
وزٕ چھہٕ اچھ آسہٕ ییٚمن تفظن زیادٕ زور بخشان۔ سٹاف افسرَن تہٕ ہیوٚت
اعتراض کرُن۔ مگر بگرازیٚوَن دیُت نہٕ جواب۔ تٔمی دیُت صرف حکم زِ
گولہِ چلاوِتہٕ کرِوِیتَ تہٕ نوین دوٚن بٹالینن ترٛاوِ جاے۔ سُہ اوس یہٕ

ونانے زِ ڈیہہ گٔژھ کارگو غآب زَنتہٕ کأتسہِ عَنبی اکھو تُلِتھ نیوٚ۔ یہِ ڈیہہ اوٚسُر نیوٚ
ژھٔٹِ کھوڑِ بیٚٹھہ ڈٔچھُن تہٕ اپأرٕ یُم بال آو بوزنہٕ یَتھ بیٚٹھ فرانسُک فوج
پکان اوس۔ یتہٕ کاشہٕ اُچھ کُھج فرانسہِ چہ تَتھ فوجہِ ڈِہِچ گُن بوٚسہ بانس
وَسان تہٕ یمَن کُن پکان پکان مأدانہٕ کِنہ سٔنہِ رَن تہٕ ووہ گنیأرن وہراونہٕ
یوان آس۔ ووہ نِ آسہٕ ییم فرٹوٚبہٕ دِتھ فوج وٚچھتھ ہیکان، افسرن تہٕ
سپاہیَن الگ الگ پرزٕناوِتھ ہیکان تہٕ لہر مارٕ وُن جنڈٕ وارٕ پأٹھو چھان۔

"واہ، واہ، کیا جان پأٹھی چھہِ مارٕچ کران۔" بگراژیوٚ تہٕ سٔندِ عَملہٕ
مَشرٕ ووٚن کٔسی نام۔

فوجہِ لأنہٕ ہٕشد یٹرو سٹھٔم اَنداوس کھنس مَشرٕ زامٕت۔ وَسہٕ ڈیرٕ بالہٕ کس
تَرٕ دیکھ اندس بیٚٹھ آس وَب لگَن واجنٕ۔۔۔۔"

رجمینٹہِ مشرٕ ییم بیچینتی آسی تِم آسی وُژھ وُژھِ لأنہٕ کران تہٕ ڈٔچھن
ہیزان۔ سٹیٖمِ مہِ چاسَر رجمینٹہِ ہشرٕ زٕ بٹالینہٕ آسہٕ جاے رٹان تہٕ چھکراونہٕ
آمتین سِپاہیَن گٔڈِتھ ژھان۔ ییم آسی تہٕ وُنہِ بگراژیوٚنس نَترٕ دیکھ وآتی ہتیٕ۔
مگر یہند قدم رلأوِتھ یکہٕ ئنج دَبہٕ راے آس کتَن گژھان۔ کھوڑ رانٕد اوس
بگراژیوٚنس سٹنٕ کپتان پکان۔ یہِ اُس گول ئینٕ کرِتھ تہٕ باگرِ بوٚرٕت تہٕ
بُتھِس بیٚٹھ اوسُس چأرِ اَسُن۔ یہِ اوس سُے پأدل فوٚجک افسر یُس ییہر مشرٕ
توسٹینس یٹرو نٹھٕ دژابوو۔ امہِ وِزِ اوس تٔمس صِرف اَکُے خیال
دیہاغس مَشرٕ۔ ییٖ زِ سُہ چھُ افسرس یٹرو نٹھٕ کتہٕ آیِس مشرٕ مارٕچ کران۔
پکان۔ تٔمِس اوس دِل تیٖتھہٕ کُنہ ڈیجہِ زنتہٕ سُہ یہٕ پیٚٹھ کران اوس۔ ٹوکہٕ زنگن،
پیٚٹھ اوس سُہ تیٖتھہٕ کُنہِ پان ئیکہٕ ناوان زنتہٕ ڈالہٕ ماران اوس۔ ییم توٚقی
قدم آسی تہٕ قدم رلأوِتھ یکَن والِ فوجہِ چہ دَبہٕ راریہٕ سٹی رلان۔ زنگن تانی

أسِس اکھ ننگہٕ گولائیی دار تلوار الأئتمٕژ۔ ( یہِ آس اکھ لوہ کٹھے کاوی دار کرٕ تل
یوسہٕ ہتھۍ یارہٕ بدلہٕ گیٖندن تماشہٕ یوژہٕ آس یوان) ۔ سُہ اوس گرا کمانڈرس
کُن تہٕ گرا یتھ کُن نظر دِتھ سورُسے پان پھیران مگر قدم اوسُس نہٕ ڈلان۔ اِنسان
اوس دِیان أمی شخزن چھ پننہِ رٕنٹھک سورُسے زور کمانڈرس ژروٕ نٹھہٕ کنہ
شوبہٕ دار پائٹھی یاہٕ بج کرنس بیٹھ لوگمُت۔ فکرِ اوسُس ژران زِ سُہ چھُ اتھ بیٹھ
کامیاب تہٕ اوٕ رٕنہٕ اوس خوش ۔۔۔۔ "کھوٗر ۔۔۔۔ کھوٗر ۔۔۔۔ کھوٗرٕ"
اکھ وٕژھہٕ وار میجرٕ اوس أکِس زنڈس کُن، شانشہٕ ہوٚت قدم رلاوُن ہیوان۔
اکھ سپاہ اوس یتھ گوٗمُت تہٕ ووہ نیٖ اوس ہیمن سٕتی قدم رلاونہٕ خاطرٕ دوران۔
سُہ اوس پننہِ غلطی پیٹھ شرمندٕ۔ أنھی اندر آو اکھ نوبھہٕ ہیٚند گولہٕ تہٕ گژھنی
کُرِتھ گو شہزادٕ بگراٹیون تہٕ تمی سٕندِ عملہٕ کیٚو کلو ییٚٹھی۔ زنتہٕ أمس سٕندِس
"کھوٗرٕ، کھوٗرٕ" ونٕنس سٕتی نال رلاوان اوس۔ یہِ گولہٕ آو فوجس پیٹھ لایتہٕ۔
"نکھہٕ نکھہٕ یکوِ" کپتان سٕنزا سہٕ وٕنیٖ آواز آیہِ۔ یتھ جایہِ گولہٕ پیٚمُت
اوس تتھ أندی أندی بنوو ہموا اڈٕ دائیرٕ ہیوٚ۔ رسالہٕ فوجُک اکھ وڈٕ افسر گو ہیمن
مئوردن نِشہِ یتھ رٕونہٕ تھ۔ مگر یکدم ژاوسُہ بتیہِ لآتہِ منٕز۔ قدم رلوٗن تہٕ
لوگ تٕرکھہٕ ہوٚت اوٕ یورٕ چیشہٕ۔ أندی یکٕ جہِ ژھعہ یہِ منٕز آسی ییٚہٕند ی
کھوٗر دٕرِ چہِ دٕرِ چہِ گرِتھ ووہ نشان تہٕ یکرنگ آواز آس پانٕے زنتہٕ "کھوٗر،
کھوٗر" کران۔

"جوانو شاباش" شہزادٕ بگراٹیون اوس ونان۔

"توہہٕ سٕندِ خاطرِ عالی جنا ۔۔۔۔ نا ۔۔۔۔ نا ۔۔۔ ب" سارے لآن
گژنے یہِ۔ کھوٗرِ أندٕ یکہٕ وٕنی أکی بد مزآزی سپاہن پھیرِ بگراٹیونس کُن
بتہٕ وِزِ اچھی ییٚلہِ سُہ شاباش کران اوس۔ زنتہٕ ونان اوسُس تھوٗو، اَسہِ

چھےٚ نَبرٕ ے اَکی دِژ اور بورٕ چھیٚنہٕ وَر آے کرِکھ ۔ زَنتہٕ سُہ کھوژان اوس زِ قدَم ماڈلیم ۔ تامتھ آو کھٕہرِ نک تہٕ سامانہٕ جولنہٕ والیٚن حکم دِنہٕ ۔

شہزادہٕ بگراژیونَن دیُت گرِس بیٚٹھ فوجس اَندی اَندی گرٕ دِشانہٕ وۄنہٕ گرِ بیٚٹھ بعدن ۔ لاگِم تہٕ اور کوٹھ دِتَن گرِی واَلس کُن ، زنگہٕ وہراوِن تہٕ کلس بیٚٹھ شیٖرِن ٹۄپی ۔ ڈیکرِ بعدٕ اوس فرانسک فوج بوزنہٕ یوان ۔

”خدا بہٕ سندِ مَدتہٕ سِتی ،“ بگراژیونَن وۄن زۄ دار تہٕ گوبہِ ہٹہِ ۔ گوہٕ چھیٚوَرسُہ رژھِ ہیٚتا تھرٕ و نِتھ مِہ لایِہ کُن ۔ امہِ پتہٕ ژراوِن کوہ پاَکھ تہٕ بییہ پاَکھ ژِمس شخصہٕ سندی پاَکھ نرِ الاثرٕ ییِمس تہٕ پیٚتھری پکہٕ نس عادتھ آسہٕ تہٕ پوٚک ناہموار زمیٖنس بیٚٹھ شہزادہٕ اَندرٕ ے یَس باسیوٚ ژِمس چھُ خبر کُس طاقت تھرٕ و نتھ تھرٕ و نتھ لمان تہٕ امہِ سیتی گیہِ ژِمس زبردس خوشی حاصل ع۱ فرانسک فوج اوس نزدیکھ ووتمت ۔ شہزادہٕ بگراژیونس سیتی یکان اَسی ووٚنی شہزادہٕ آندرٕ ے یَس فرانسہٕ کیٚن ہندی کمبرٕ بندٕ ، ووٚزٕ لی جاکھ اکھتے ییٚہندی بُتھ تانی بوزنہٕ یوان ۔ (ژمِس آو فرانسُک اکھا اَخرَ نۄن تہٕ بوزنہٕ ژیس زنگہٕ وہراوِتھ تہٕ فلیٹ لاَگتھ ، زوٚہٕ زورٕ سے زنڈن کھچ کرِی کرِی بالس کھسان اوس) ۔ شہزادہٕ بگراژیونَن دیُت تہٕ کانہہ حکم ۔ سُہ رۄد رژھو پہٕ

---

نوٹ ع۱ ۔ اُتھی کڑابہ پیٚٹھ چھُ تقریرس لیکھان : رۄسی یو ہاو سَخ جوان مردی تہٕ یہِ زَن جنگس منٛز گژھے سپدان چھُ ، پادل فوجِکہِ زٕ ذری رۄدی اکھ اَکِس کرِ لۄرٕ تہٕ اکھ اوس تہٕ ماَدان تراوان یوٚتانی تہٕ بیشاکھ واتہٕ ہے ۔ نیپولین وۄن سینٹ ہیلیچ ”کینژَو رۄسی بٹالیو ہاو جوان مردی ۔“

کرِتھ فوجس برونٛٹھ برونٛٹھ پکان۔ تامتھ گو فرانسہٕ کین ہندِ انٛدٕ گولہٕ ہُشد
ٹاس۔ تہٕ امہِ پتہٕ لجہٕ پوٚنٛس پتھ گولہ پینہٕ۔ دُہہ ووٚتھ تہٕ گولہٕ رُوٗد تیز یو۔ سانہٕ
طرفہٕ پیپے واریاہ فوجی تہٕ نِمن منٛزٕ اوس گول پتھ کرِتھ سُہ افسر تہٕ یُس وُنی جسہٕ
سان تہٕ دِل ڈیٚجہِ تھاوِتھ مارٕ بچ کران اوس۔ مگر گوٚہ ڈٲنٛج گوٗلی وُچھی پتھے دِتہٕ
بگراٹزبوٚنن اوٚرٕ پیور نظر تہٕ کوٚرُن "ہُرّا" اوٚرٕ تہٕ گژھ زیو سانہٕ خوٚچک نارٕ دوٗر دوٗر
تانی "ہُرّا"۔ اتھی سٟتی لوٗگ سون فوج بگراٹزبوٚنس تہٕ اکھ اَکس برونٛٹھ نیرنٕ ہنٛج
کوشِش کران کران ییٚتھے طریقہٕ مگر خوشی خوشال پاکھٕ ژلہٕ وونِس فرانسہٕ کِس
فوجس وسہٕ وونِس نبٹس لار کرِتھ۔

# ١٩

ستھیر مہ چا سر رجمینٹہٕ ہندِ حملہٕ سٟتی آو ڈُچھنہٕ پکھہٕ ہندِس
فوجس پتھ نیرنس وار۔ توشین سینٛز توپھ آس شوعہ نگرایَن گامس نار دِنس
منٛز کامیاب گژھٕ۔ امہ کِنی اوس فرانسہٕ کین ژیرہ لوٚگمُت۔ دُشمنہٕ سٕنٛد فوج
اوس نار ژھیوٚر اوٚنہٕ خاطرٕ ٹھہر یومُت اتھ نارس آس ژھٹھ واد کران۔
یوت کال آو رُوسی یَن پتھ نیرُنک وار۔ نارٕ ژرِتھ اوس پتھ نیرُون فوج
وُڈھ تہٕ شور کران۔ مگر کمپنی آسہٕ الگ الگ پکان۔ کھوٚور پکھہِ منٛزٕ اوس
ادسکی تہٕ یادولوسکی پادل فوج تہٕ پاولوگراد رِسالہٕ۔ اتھ آس فرانسکی
فوجن پتھہِ تہٕ اَندی اَندی حملہٕ کرِتھ جلہٕ چھانگر کرُمتر۔ فرانسہٕ چہِ اَتھ ڈِپھرِ
اوس لینِز کمانڈر۔ بگراٹزیوٚنن اوس کھوٚور پکھہِ ہندِس جرنیلس ژرکوفس
اتھہِ فورن پتھ نیرُنک حکم سوٗزمُت۔

زرکوفن اوس ٹوپہ کُن اَتھہٕ نیوٗمُت تہٕ اوس دُمٔنزٕل دور لیوٗمُت۔ نگر وُنہِ اوس پٔتہٕ بگراژیوٗ پٔہ سِتٔنزِ نظرِ تہٕ ڈوٗلمُت زٕ تِمس آو زبردُس خوف وَلِتھ۔ ہمتھ گُھٹس تہٕ خطرِ چہِ جایہ واتہٕ نگ گُرِتھ بہوس پہٕ کیٚبنہٕ۔

کیٚبنہٕ کالا دوریوٗسہٕ فوجس کُن۔ بیتہٕ پوٚک، مگر بِرٕ ونتھ ٹُکُن پہٕ یورٕ زَن گولہِ بوان آسہٕ۔ تور کُن پہٕ۔ سہٕ پوٚک اُکس اندٕسس کُن۔ تہٕ لوٚگ جرنٲلس تہٕ افسرن تنٔز جایہ ژھانڈنہِ۔ بیٚیتہِ تمم ہرگِز نہٕ آسِتھ ہیٚکہٕ ہَن پہٕ۔ امہ کِنہٕ ہیٚچ پہٕ تمم سٔنیچھ تہِ واتہٕ تاآوِتھ۔

کھووٕرِ پکھہِ ہُند کمانڈر بیٚہٕ نُک حق اوس زِ چھُپر موجوٗب تِمس جرنٲلس بیٚمہِ سِتٔنزِ رجمینٹہِ منٔز ڈولوہوٗف اوس۔ تہٕ بیٚتھ زَن کنٹو زوفن پِرانا وٕ مایٚپہٕ کوٗرمُت اوس۔ مگر اَمیُک کمانڈر اوس تمہِ پاولوگرٕ ادر رجمینٹہِ ہُند کرنٲل بناونہٕ آمُت۔ بیٚتھ منٔز روسنوف کاٲم کران اوس۔ اَمہِ سِتنہٕ اٲس دِل پُدی گیمٕژ۔ دوہ توٚرے کمانڈر آسی اَکھ اُکس ناراض۔ بیٚیمہِ وِزِ دُچھہِ پکھہِ لڑٲے جٔلان اٲس تہٕ دُشمن اوس کھووٕرِ پکھہِ کُن بھیوٗرمُت۔ تمہِ وِزِ تہٕ آسی بیم زٕ کمانڈر مصلحژ کران۔ غرض اوٚسکھ صرف اَکھ اُکس بیٚعزتی کرٕنہِ۔ لڑابہٕ خٲطرٕ ٲس پٲدل رجمینٹ تیار تہٕ نہ رسالہٕ رجمینٹ۔ عام سپاہو ییٚتھ جرنٲلن نام اٲس تہٕ کاٲتسہِ تہِ راے زِ لڑٲے گیا لگہِ جلدٕ ے۔ بیم آسی سارٕی آرامہٕ پچہِ تمہٕ کامہِ کران بیمہِ زَن صرف اَمہٕ کِس وقتسے منٔز کرٕ تہٕ چھیٚپے یوان۔ سوار فوج اوس گُرٕ بِپالہٕ کران تہٕ پٲدل فوج اوس زٔین ساران۔

"عوٚبدٕ کِنہٕ چھُ منے کھٔسِتھ۔" سوار غوٗنک کرنٲل اوس ووٕ زلیوٗمُت اُکِس اَمہٕ جوٗمنٹس وَنان، یُس اوٚبہٕ گُرِس کھٔسِتھ اوس آمُت۔ "کرٕ تی تَن یہٕ خوٚش کرٕہس، یہٕ کیٛا زِ لاگنہٕ تہٕ رسالہٕ فوج داوَس۔ ہے بِگٕ والیٛا! واے ساٲ

واپس ہنبرُنک بِگُل۔"

مگر حالاتھ آسی نوُزُک گژھان۔ دُچھنہِ یکھرکِنہ تہٕ منٛزِ کرمہِ علاقہٕ کِنہ آسہٕ نو بچِہٕ تہٕ بوٚندُوق گُگرایہِ گژھان۔ لینِنٛز سُنٛد فوج اوسٕ کوٚہ لہِ نوٚرمُت۔ سہٕ اوس وونی یپارِ تبوٚ، تانزدیکھ دُری گنٛتڈان زِ اور یور ہیکہ ہین گولہٕ ترِتھ۔

پاٛدل فوُجک جرنیٛل پوٚک پیٛہ نِس گرِیس کُن ہیٹہٕ ماران۔ گرِیس کھسِتھ سیٛیٛزرو ٹُمی بان تہٕ گوسوار فوج کِس جرنیٛلس کُن۔ افسرن سمکھییہ تہٕ کرِ یکھ نیٛبرِ زمہٕ اکِس سلامہٕ۔ اکھ اکی سِتۍ دِرے تہٕ نفرتھ تھاوٕ کھ دِلہٕ ہیے منٛز کھٔٹِتھ۔

"کرنیٛل بہٕ ہیکن تہٕ پنٛن نِصف فوج جنٛگلس منٛز منساوِتھ بہٕ چھُسے ژہے زارٕ پارٕ کران زِ ژہٕ رٹھ مادانس منٛز جاے تہٕ حملہٕ کرہٕ یِج کرہ تیاری۔"

"تہٕ بہٕ چھُسے ژہے زارٕ پارٕ کران زِ تتھ منٛزمہ دِ دخل۔ بہٕ تہٕ چاۍنی کام چھیے۔" کرنیٛلن ووٚنس شوٗرِتھ۔ "اگر ژہٕ مہِ سالگ افسر آسہٕ تکھ......"

"بہٕ چھُس تہٕ رہسالک کرنیٛل مگر بہٕ چھُس اکھ روٗسی جرنیٛل۔ تہٕ اگر ژہے خبرے چھیے تہٕ......"

"جناب تہٕ چھیے میٛے وارٕ پاٛٹھی خبرِ۔" کرنیٛلن ووٚن ہنا نرمِتھ۔ گرِیس کرِن زیرٕ تہٕ ہُبتھٕ گوس ووزُل نار ہیوٚہ۔ "اگر ژہٕ بڑو تھٕٹی مہِ لاگنہِ بیٹھ ہیے عسکی یِہکھ۔ ژہے تری فکرہِ زِ بتھ جابہِ چھُنہٕ روزنس وار۔ بہٕ چھُس تہٕ چانہِ دِل تسلا خاطرٕ پنٛنی رجمینٹ چھپہ یژھان دِنی۔"

"ژہے چھیے تہٕ پانس تاۍنی روزان کرنیٛل۔ بہٕ چھُس تہٕ پنٛن دِل تسلا تھاوٕنہٕ خاطرٕ تہٕ بہٕ دمہٕ تہٕ یژھن کہٕنہٕ اجازتھ۔"

مگر کرنیٛلہٕ سِتۍ ووٚ ہیوٚ کتھو عسکی آو جرنیٛل غارتس لاینہٕ۔ اَمہٕ کِنۍ کھوٚت سہٕ گرِیس تہٕ سپنیہ بڑو تھٕکن کُن کڈتھ دڑاو بڑو تھٕکہ مین محاذن کُن۔ زنتہٕ ہیٛشتر

مُنٛز کرِ ی دُشمن سِنٛزن گولین تلے دۄرگژھان ہے۔ یِم وۄنۍ اَندرس بیٚٹھ بیٚیترِ یِمن
أندۍ یکو واریاہ گولہٕ وُڑے یہٕ تہٕ اَنٛز رۄدی یِم ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ ووٚنۍ۔ امہٕ
ژرونٛٹھ یکیٚن اوس فوٗضوٗل یٖنٛتیٖن ژُم ووٚ دنہٕ آسی نٔنٛزِ بیٚٹھ اوس صاف یوان
بوزنہٕ زِ رِسالہٕ ہیٚکہٕ نہٕ زنٛڈ، چھپ تہٕ ناہموار زمین آسنہٕ کِنۍ بٔژھ جایہٕ گٔژھ
نہٕ لگِتھ۔ بیٚیترِ نہٕ اوس بوزنہٕ یوان زِ سُمار کِنۍ چھُ فرانسک فوج سانہٕ کھوٚورِ یکھ
ہیٚنٛدِ فوجہٕ کھوٚ تہٕ زیادٕ۔ جرنال تہٕ کرنال لگی مضبوطی سان تہٕ مانے دار نظرِ
اَکھ اَکِس وُچھنہٕ۔ بالکُل نِنمَ ووٚن کو کرن ہندی پاٹھۍ ہیم دِگہٕ دِگ کرِ نَس
تیار آسَن تہٕ ووٚنۍ آسَن کمزوٗری ہِشٕز کانٛہہ علامتھ ژھانڈان۔ مگر رۄدی لوٚت
پاٹھۍ ووٚ دنہٕ۔ وَننَس سوٚمب اوسکھ تنہٕ کیٚنٛہہ۔ یِموٚ دوٚیو مَنٛزٕ اوس نہٕ اَکھ
تہٕ یہٕ باس یِژھان دِیُن زِ سُہ کیا ژوٚل گولہٕ رۄدُ وُچھنھ گوڑ نیتھ۔ بنان چھُ
یِم روز ہیٚن غبرٕ کیٚنٛنس کانٛس ہِیٚنٛے کِنۍ اکھ اَکی ہِشٕر ہیچھنہٕ ازماوان۔ مگر اُمی
وِزِ گوٚ یِمن یِیٖنۍ کِنۍ گولہٕ ہُشدٔ ٹاس تہٕ لُکَن ہند شور کنن۔ فرانسہٕ کیٚو اوس
زنٛڈ ونَس مَنٛز یمہ ہندِ ہن زیُن سارن والیٚن بیٚٹھ حملہ کوٚرمُت۔ ووٚنۍ نہٕ اوس
سوار فوجس ژلہٕ نَس وارتہٕ تہٕ پادل فوجس تہٕ فرانسکی فوجن آسی کھوٚورٕ اَندٕ دَتھ
گژھِ حملہٕ کرُن ضروٗری۔
ژھیٚنٛژ۔ ووٚنۍ اوس یمن ژلہٕ اَنٛج دَتھ ہوکلاونہٕ خاطرٕ
یٚتھ سکاڈرانَس مَنٛز رۄستوف علم بردار اوس۔ نِنمَ آبہٕ گٔنٛھو تانۍ
گرٕ ہن بیٚٹھ ووٚتہٕ ژھینہٕ نَس فُرصتھ۔ ییٚتھ کِنۍ ژٕمہٕ دوٚہہ اہنٕز دٔرِ یا اوس
بیٚٹھ گیٚیو۔ تِتھے کِنۍ اوس نہٕ ازنہٕ سکاڈرانس تہٕ دُشمن مَنٛزٕ کانٛہہ چیٖز
ٹھوٚرٕ کٔرِتھ صرف آس خوفُج تہٕ بیٚے یقیٖنی ہِشر اَکھ زیٚچھ سَرحد بوٚہ
زندگی تہٕ موٚتَس ژھیٚن کٔرِتھ آس۔ سارِنے سِپاہیَن آس یہٕ حالتھ فکرِ نیران۔
سوال اوس صرف یہٕ زِ اَکھ رِکھِہ کُس تَرِ تہٕ کیٚنٛہہ کِنۍ تَرِ۔ اَمہٕ خیالہٕ سیٖتۍ آسی

ہیم جوشہٕ آمتۍ۔

کرٕنالٕ گو بیٚیہِ ہتا بڑٕونٛٹھ۔ کیٚنژَن افسرَن ہٕشدِین سوالَن دِتِن ژ کھِہ سان جواب۔ نہٕ یِیہٕ تِس افسرَ آسنہٕ کِس حقَس دوٚہ یُو دوٚ بِو اکھُو کھٔنیِہ کرنہٕ خاطرٕ دِتنۍ کیٚنہٕہ حُکم۔ کانٛہہ اوس نہٕ صاف صاف کیٚنہٕہ وٕنِتھ ہیکان۔ مگر ہٕچلیج افواہ آسہٕ اوٕر یور پھیران۔ لاَن بناوُنک حُکم آو دِنہٕ تہٕ کھٔنی کھٔنی کُرِ کھتہٕ آبِہ عملا فو مشٕرٕ شمشیر کڈنہٕ۔ حرکتھ اوس نہٕ وُنِہ تہِ کانٛہہ کران۔ سوار تہٕ پادل، دوٚشوٕنی درین توٚر فِکرِ زِ کمانڈرَن چھینہٕ وَیھۍ بِوان زِ کیٛا کرُن چھُ۔ امہِ پریشانی ہند ہیوٚ فوجَس پیٚٹھ تہِ وُلٹہٕ اثر۔

"کاش ہیم کرٕہن جلدٕ ے،" روستوفن سوٚچ۔ تٔمِس اوس باسان زِ حملہٕ کرٕنچِہ خوٚشی ہٕشد مزٕ تُلنگُ وَق چھُ ووٚتمُت۔ امہِ مزُک اوس تٔمۍ پیٚنہٕ نِن ستۍ باجِس نِشہِ داریا کیٚنہٕہ لوٚزمُت۔

"خدایہ شُندنا وہیٚنوٚ، سٕے چھُ یاور، دوستو، ڈٕنھِو فورَن ٹِکو۔"

گرٕی ہیٚتِنۍ بڑٕونٛٹھ ہنرٕنۍ۔ ژکَن دِہُت لاکہِ دڑسہٕ تہٕ دڑاو۔

ڈٕچھِنۍ آبِہ روستوفَس یِنہِ پسالہٕ فوٚرچ لاَن بوٚزٕنۍ۔ امہِ بڑٕونٛٹھ پیٚہَن وٕتِھن اَکھ کتھ ہیٚنِنۍ یِکھ۔ وارٕ پاٹھۍ نوٚرُس نہٕ کیٚنہٕہ فِکرِ مگر خیال کوٚرُن یِہ آسہِ دُشمَن گولیٚن ہنز آواز آسہ بِوان مگر واریا دوٗر۔

"بٚتیہِ تیبز،" حُکم آو تہٕ روستوفن کڑ گُری سٕندِ پوٚت درٕ یچ سعہ حرکتھ ہوٚ حسوٚس یوٚسہٕ تیبز دورنہٕ وِزٕ گژھان چھیٚ۔ گرٕ دورٕنہٕ ستۍ گو اُمہِس دِل خوٚش تہٕ پان لوٚ تنیوٚس ہیکو۔ بڑٕونٛٹھ پیٚہَن گوٚس اَکھ کُنۍ کُل نظرٕ یِہ کُل اوس اوٚنانی تٔمِس بُتھِہِ تِتھ سرحدس پیٚٹھ یوٚسہٕ اُمِس اہرٕ باوان آس۔ ووٚنی آسی ہیم اَتھ یِکھِہ ژُری ہٕنی مگر کیٚنہٕہ طوٗفان اوس نہٕ آمُت۔ اَکھُنے

اوس سُہ یَیِنٛ پان رٕژھہِ کھوتہٕ رٕژھہِ زیادٕ خوشش تہٕ زیادٕ لوٗٹ موٗعِس
کرٲن " آہ - دِمہٕ نا یہٕ ہٕمِس بیٛٹھہِ وہٕ کُھ ؟" روستوفن سو بُج تہٕ کرہ نُٕچ دٕنس
کٔرِن زورٕ ٹھکیہِ - " ہُرّا ..... ا ..... " نارن ہشِہٕ آواز آسہٕ یِوان -
" ییٚی تَن وہٕ نٕی بُس آسہِ نہٕ سُہ ؟" روستوفن کرٕ گرِس کھوٗرتہٕ ترٛوون
بَلہٕ - دُشمن اوس وہٕ نٕی بُتھہِ بوزنہٕ یِوان - ہٕشگہٕ تہٕ منگہٕ لوٗگ ساری سے
رِسکا ڈُژانس زنتہٕ مازنہٕ پھٹش - روستوفن گُڈ کرنِل تہٕ رٕوو دب تراونہٕ خاطرٕ
تیار - اَمِس سٕنٛز اوس اَکھ سپاہ نکسی تنکوٗ - سُہ گوٗ بیہنس کانس منٛز پھرونٹھ
نہٕ رٕکھٕ - روستوفس باسیوو زنتہٕ سُہ خاب اوس وُچھان - زِکُس تانی رٕوحانی
طاقتھ چھُ تِمِس تُلیٚنہٕ نِوان تہٕ پھرونٹھ یکہٕ ناوان - مگر ییتہٕ آو اکھ سوار
بندار چُک اَمِس نزدیکھ تہٕ ترآونس زُکھہِ سان نظرا - بندار چُک سُنٛد گُر
ڈوٗلہ اوٚ کٕنٛتہٕ بٕہَن نہٕ ترآون دوٗ -
" یہِ کیا ڈیٛل ! یہٕ چھُس نہٕ پکان - یہٕ چھُس بیٛوُمت - یہٕ چھُس مارنہٕ
آمُت ..... " روستوفن کوٗر اَکِس ژٕہس منٛزٕ یہِ سوال جواب پانس سٕتیٖ
سُہ اوس سٕتیٚ منزٕ مادانس کٕنٛتہٕ زوٗن - گُرٕ یونہٕ گُرٕ سوارو بدلہٕ آیہِ تِمِس صرفِ
یہے خرکتھ زمین نہٕ لونہِ منٛزٕ فصلکی گوڈ بوزنہٕ -
" نہ - یہٕ چھُس چھوکہٕ لدنہٕ میٛون گُرٕ چھُ موٗدمت - زٕک لجو پھرونٹھ مین
زٕنگن بیٛٹھ وہٕ کھٔتہِ مگر بیٚیہٕ گوٚنِل تہٕ بیٛنہٕ نِس سوارٕ سٕنٛز ٹنگہٕ پھرچین بینہٕ ترٕ
زٕنگہِ نِل - گُرِس اوس گلہٕ کنہٕ خوٗن وسان - تِمہِ دِتی ژھَر کھٕ مگر وُکھتھ یوٗ ک
نہٕ کینہٕ - روستوفن ہیٛژ وہٕ کھٔن مگر آو وٕستھ - تِمِس آس کرنِل ہشِہٕ
غلاف زِہِنس سٕتی پھیسیمژٕ - تِمِس آس نہٕ خبرٕ یے زِ سون فوج کتنہٕ چھِ
نہٕ فرانسیکی کتنہٕ چھِہ -

زنگہِ موکلاوِ تھ وۄتھ سۄ ٹھوٗد۔ "کُنہِ، کپاٹرِ آس ووٗنی سوٗر کھ لیوسہٕ ہیمَن دوٗن فوجَن منٛز آس۔" تٔمۍ پٔرژھ پانَس مگر جواب چھوٗرُس نہٕ کینٛہہ۔ "ہتے چھُنا کیاہ نازی گوٗشت! یہِ چھا گژھان نتیٖلہِ کیاہ آسان اِنسانَس اَمہِ وِزِ کرُن۔" سۄ اوس ووٗنتھان ووٗنتھان حٲران گژھان۔ اَمی وِزِ یا سیو اُمس زَتہٕ کھو وِرِ نزِ کینٛہہ تُہرِ یمانہٕ چیٖز اوٗیزان اوسُس۔ ہوٚژ اوسُس نہٕ اُمیٖک باسان۔" تٔمۍ نژاو ہوشہ سان اَکھ کُن نظر تہٕ لوٗگ اَکھ بیٹھ ژھانڈنہِ "ولہٕ آے کم تاٗزی نفرٕ۔" سۄ گوٚ خوش ہیوٗ۔ ییٚیلہِ تٔمۍ کم تاٗزی لکھ پانَس کُن دوران وُچھ "ییم کرَن ہتے مدَتھ۔" ییمَن نفرَن تُبھہِ اوس اَکھ شخص آ بد ہِیے ٹوٗپی دِتھ، بلیوٗ کوٹھ لاٗگِتھ، گھنتھوم تابیہٕ دوٗ دۄُت تُبھہ تہٕ طوطہٕ نَس کرِتھ۔ اُمِس ییٚتہٕ آے بٔیبہ زِ نفرہٕ تیٚمَن ییٚتہٕ وار یاہ نفر دوران۔ اَکھ اوس ییمو منٛز بد ہِیے زباٗنی منٛز کتھہٕ کران، روٗسی یہٕ۔ اُمی شکلہِ تہٕ ییٚتہٕ ھے ٹوٗپہٕ دِتھ اوس کینٛژن نفرَن منٛز باگ اَکھ روٗسی سوار یِچھ پٔتھن ووٗدینہِ۔ تٔمِس آسی ییم شرپن تھچھ کرِتھ۔ نہٕ ییٚتہٕ کَنہِ اوس تٔمۍ شُشد گرٕ نہِ یبٔد۔

"یہِ آسہِ سون کاشہِ رٔٹہٕ آمُت۔ ییم ہیٚکن نتیٖلہ ہتے تہٕ رٔٹِتھ، ییم کم چھیٚے۔" روسنوف اوس راوان تہٕ ییٚنہٕ ینن اَچھن نہِ اوس نہٕ پٔژھ کران۔

"ییمِ اما آسَن فرانسیکی۔" تٔمۍ گٔنٛشٹ مۄدے اور آ منیٖن ییمَن فرانسہٕ کیٚن کُن۔ کینٛہہ سیکنڈ ژُھوٗنتھ اوس سۄ یژھان ییمَن بیٹھ وٚستھ بٔن، تہٕ ییم کنتراونی مگر ووٗنی آسیس ییم نکھہِ یِتھ خوفناکھ باسان۔ تہٕ ییٚتہٕ نیٚن اَچھن اوس نہٕ پٔژھ کران "کم چھِ ییم، ییم کوٚت چھِ دوران۔ ہتے کُن ما چھِ یِکان، ہتے کُن آسَن نہٕ یِکان، مگر کیازِ ہتے مار نہِ ہا۔ ہتے مار نہِ ہا، یِیَ سارِنے ٹوٹھ چھُس۔" تٔمِس آو ماجہِ ہُنٛد محبتھ اَچھن تل، مگر باژن تہٕ دوستن ہُنٛد

